# دُگوش

افسانۂ سومبرن

مُصنّف

مشتاق احمد مشتاق

کتابہِ ہُنٛد ناو : دُگوش

مصنف : مشتاق احمد تانترے

قلمی ناو : مشتاق احمد مشتاقؔ

سکونت : 321/1B بمنہ کالونی سرینگر

ؤری : 2020ء

تعداد : 400

مول : -/500 روپیہِ

کمپیوٹر کمپوزر : مِس ممتاز علی (گلشن آباد حیدرپورہ)

کتاب میلنگ پتہ: مشتاق منزل بمنہ ہاوسنگ کالونی
کتاب گھر لالچوک سرینگر
میزان پبلی کیشنز بٹہ مالو سرینگر

# فہرست

# پیش لفظ

افسانہٕ نِگٲری ہُند فن چھُ مۆلہٕ کنۍ قولہٕ ہٲری ہُند پرورِدہٕ تہٕ امہِ کِس بارسس پِنس پتہٕ کنہِ چھُ ہمیشہِ فلسفیانہٕ زاوِ جارو نفسیٲتی وُبۆ دُریو کھوتہٕ سمٲجی کھُرٕن تہٕ مسلن ژٔر اہمیت روٗزمٕژ۔ تاہم چھُنہٕ افسانہٕ سماجس پننۍ بساط بناوِتھ زندگی ہِنٛدیو اہم روِیَو نشہِ لۆب ہیٚوکمُت روٗزِتھ۔ کاشرِس افسانس سام ہیتھ چھِ یہِ کتھ ٹاکارٕ گژھان زِ یتہِ چھُ دوٕیمین زبانن ہِنٛدٕن افسانن ہِنٛدی پٲٹھۍ انسٲنی زندگی ہِنٛزِ سایکی (Psyche) تہٕ کاشرِس اجتمٲعی لاشعوٗرس زبرپٲٹھۍ محیط۔

مشتاق احمد مشتاق ہنٛدی افسانہٕ چھُس بہٕ گاہے بہٕ گاہے
پران آمُت تہٕ ہر ہمیشہِ چھُم محسوٗس کوٗرمُت زِ یہٕ افسانہٕ نگار چھُ
افسانِکس روایتس منٛز مکمل پاٹھی پننٛی فن کاری شخصیت تعمیر کرِتھ
پننہِ زمانہٕ کہن رنگہٕ رنگہٕ مسلن پُرخطر دولابن تہٕ خوش کرٕ وِنٛن
کھُربن تمہِ انمانہٕ درشاوان زِ قاری چھُ افسانہٕ نگار ہنٛدِ فنہٕ ذٕسی
کاشرِ زندگی ہٕستی وابستہٕ مختلف مسلن تہٕ تھنٛزِ شعوٗری، تحت شعوٗری
تہٕ لاشعوٗری اہمیژ أنزی منٛزی گرٕھتھ تجرُبن ہنٛز اکھ منہٕ کانٛچھ
ہانکل سران یوسہٕ افسانہٕ نگار ہنٛدِ فنک معجزٕ چھےٚ۔ افسانہٕ نگار
ہنٛزن فکرن (Concerns) تہٕ تِمی ہنٛدین
خدشاتن (apprehensions) ہُنٛد ادراک سپدِتھ چھُ
قاری یمن ہنٛز اہمیت ژینان بلکہِ چھُ یمن ہٕستی
(empathize) کرِتھ مشتاق احمد مشتاق ہنٛز افسانوی ہونر
مندی ہُنٛد اعتراف کرنس پٮ۪ٹھ بےٚ شوٗنکی پاٹھی آمادٕ سپدان
۔ واریہن لوٗکن باسن میانٛی یم لفظ پوٗژھی پہن تاہم چھُ مےٚ
یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ یقینِ محکم زِ بدس تنقیدی (Jargon) چھُنہٕ ہمیشہِ

پزرس نکھٕ آسان۔ مےٚ چھِ ہمیشہِ مروجہ تنقیدی محاورس نشہِ انحراف کٔرِتھ خودفنہٕ پارَکس روٗحس ستی ہم کلام تہٕ مخاطب سپدنس منٛز پٔنُن اشتیاق ڈٔکھِس روٗدمُت یُس کتھن بجایہِ اَتھن ہٕنٛدی کوترُوٗ ڈناوانس پپٹھ بضد چھُ۔

یہِ چھُ پوٚ زٕ زِ مشتاق احمد مشتاقٕ سٕنٛدی افسانہٕ چھِنہٕ مبہم تاہم ییٚمہِ اندازٕ کی افسانہٕ تٔمی لیکھ تِمن چھَنہٕ أکھتھےٕ ابہامس منٛز غوطہٕ دِنُک کانٛہہ ضروٗرتھ تکیازِ یم افسانہٕ چھِ موٗلہٕ کَنِٛ عصری زندگی ہٕنٛدٕ بن تِمن پیچیدٕ تہٕ ٹھوس مسلن ستی متصادِم یم موجودٕ دورچن سنگلاخ حقیقژن ہٕنٛدِس سایس تل بارسس آیہِ۔ کتہِ پھرِ چھُ گُمان گژھان زِ تٔمی سٕنٛدی افسانہٕ چھِ محض زندگی ہٕنٛدٕ بن رنگہٕ رنگہٕ تجرُبن تہٕ عصری اندرٹٔبن ہُنٛد پیٹھٕ پیٹھی اظہار تاہم کہانی ہٕنٛدٕ بن لفظن تہٕ تمہِ کَس ییٚنہِ وونس ہناواش کٔڈِتھ چھُ عیاں زِ تِہٕنٛزٕ افسانہٕ چھِ کثیر معنوی تہٕ یم چھِ پرٛان پرٛأنٛی قأری یس مُختلف ژھاین (shades) گٔن تیُٛتھ اکھ لطیف ترین اِبہام ووتلاوان یُس نہٕ پنٛنہِ موجودگی ستی قأری سٕندِس سروٗرس منٛز

دخل انداز سپدتھ ہبکان چھُ، بلکہ چھُ قارٕی ییس بے شونکی پأٹھی کتہٕ پھرِ بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ افسانہٕ پرنہٕ خاطرٕ آمادٕ کران۔

مشتاق احمد مشتاق یہ زنہٕ گوڈٕ ے وننہٕ آو، چھُ مزازٕ کنی رواٲیتی تہٕ وضع دار تہٕ رواٲیتی اقدارن چھِ تہندِس شعورس کیٛو لا شعورس منز سٔنی موٗل۔ اِہٕ کنی چھُ وارِیہن جاین باسان زِ سُہ چھُ تہٕ گیٛنز شاہ وُچھن یا کانٛچھن یژھان ییٚمیٛک فقدان لتس أزی چہِ رُنیمژِ زندگیہِ منزلبنہٕ یوان چھُ تہٕ یُس عصری زندگیہِ منز فردٕ سندِس کربس تہٕ تمی سندِس وجوٗدی وٲراگس نِشہِ زأنتھ مأنتھ لوٚب ہیتھ تمہِ نِشہِ ژلان چھُ۔ تہٕ اکہِ تژھہِ زندگیہِ ہُند خواب چھُ وُچھان یتھ منز ناٹمیٖرس (nightmare) ہٕنٛز گُنجأیِش میسر آسہِ نہٕ۔

مُشتاق سنز کردار نِگأری تہٕ پلاٹ سأزی چھنہٕ کُنہِ جایہِ تبلیغک باس دِوان بلکہ چھُ تمی سُند کردار تہٕ پلاٹ یکہٕ وٹہٕ رٔلتھ افسانس اکھ تجرُبہٕ بناوان یُس بیک وق ہمہ گیر تہِ چھُ تہِ ہمہ جہت تہِ۔ تمی سُند واقعہٕ تہٕ تمی سُند کردار دوٚنوے چھِ

اَکھ اَکی ہِندِ خاطرِ لازِم ملزوٗم بنان تہٕ کُنہِ اکھ موجوٗدگی چھنہٕ کُنہِ جایہِ غائب۔ بعضے چھِ کتھ اہم بنان، گاہے کتھِ ہُنٛد اظہار تہٕ بعضے چھِ کتھ پتھ ہوان تہٕ قارٕیس برٛونٛہہ کنہِ چھُ سوال کھڑا گژھان۔ یہِ وَنُن آسہِ نہٕ شاید غلط زِ مُشتاقس چھُ پننہِ پیشہ ورانہٕ صحافی زندگی ہندی تجرُبن زندگیہِ ہندِ حوالہٕ اکھ تیُتھ زاویہٕ بدس تھووُمُت یُس تمِس چیزن (things) ہنز معروٗضیت بدِ کڈنس منز مددگار ثابت سپد یومُت چھُ۔ تہٕ امیُک مطلب گژھِہ نہٕ ہرگز یہِ نِنہٕ یُن زِ تمی ہندی افسانہٕ کیاہ چھُ محض صحافیانہٕ اہمیژ ہندی، بلکہ چھُ پزریہِ زِ تمی ہند افسانہٕ چھِ پرٛتھ وِزِ پھِری پھِری تہٕ شُدتہٕ سان یہِ کتھ ژینناوان زِ مُشتاق احمد مشتاق چھُ فنکاری اکھ نظریٲتی عمل (act) مانان یُس بیک وق سوچناوان تہِ چھُ تہٕ جمالیٲتی سطحس پٹھ سانٛئ ترٛیلیش تہٕ ہوٚمراوان چھُ۔

مشتاق احمد مشتاق ہندی افسانہٕ چھِ کاشرِس افسانوی ادبس اکھ زبرتہٕ رُت اضافہٕ۔ اَمی ہندیو افسانوکوٚ رمقدار تہٕ

معیارٕ دوٕنوٕ ے اعتبارٕ کأشُر افسانہٕ پچھناوٕنچ سنجیدٕ تہٕ بر پوٗر کوٗشِش ۔ مےٚ چھےٚ ووٕمید زِ دردس افسانوی مجموعہِ ''دُگوش'' کرِتمی ٕسنزِ فنی شخصیٔژ مزید پرُ جہار بناونس منزا کہِ سنگِ میٖلچٕ کأم ۔ تہٕ یہِ کرِ نیٚندرِ ہتتبن ہُشارٕ کرنس منزا کھ اہم رول ادا۔

دعاگو

مجروح رشید

# پنٕنۍ کتھ

پنٕنۍ ترٛیٚیم افسانہٕ سومبرن (دُگوش) اشاعت کِس مرحلس پیٹھ واتنس پیٹھ چھےٚ مے پرٛنہٕ پاٹھۍ خوشی تہٕ شادمأنی۔ سو اوٚ کِنی تہٕ زِ بتوفیق ایزدی روٗز افسانہٕ لکھنٕچ میأنی کل تہٕ عمل جأری۔ دوٚیم یتہٕ زِ 2012 ہس منٛز چھپیمٕژ ''آکھ'' ناوٕچہٕ میانہٕ دوٚیمہِ افسانہٕ سومبرنہٕ سپٕز کأشُر پرٛن والین حلقن منٛز جان پذیرأیی حأصل۔ امہِ کتابہِ ہٕندِس پیش لفظس منٛز اوس سانیو دوٚیو سٕٹھاہ قداور نقادو پروفیسر شفیع شوق تہٕ رتن لال شانتن یِم افسانہٕ قأبل توجہ تہٕ فنی ووتھٕ واشرِ کِنی توانا گنٕزرٕری متی۔ امہِ پتہٕ یِم تبصرِ تہٕ مقالہ اتھ کتابہِ پیٹھ لکھنہٕ آے تِمن منٛز

کوٚر اتھ رایہِ ءستی پروفیسر بشر بشیر، پروفیسر رتن لعل تلاشی، ممتاز شاعرہ تہٕ سوخن شناس شہناز رشید، افسانہٕ نگار تہٕ نقاد عبدالغنی بیگ اطہرن نہ صرف اتفاق بلکہِ گرٕکھ امہِ کتھن مختلف پہلون وبستارٕ سان وکھنے۔ ناموراخبارن (گریٹر کشمیر، رایزنگ کشمیر تہٕ کشمیر امیجز) منٛز تہِ سپدی کتابہِ پیٹھ انگریزی زبانہِ منٛز لکھنہٕ آمتی پروفیسر محمد اسلم، منوج شیری تہٕ مشتاق برق ہٕندی تبصرٕ شایع۔ کتابہِ میوٗل 2014ء باپتھ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد Best book award for Kashmiri تہِ۔ اتھ کرنو واکیڈیمی ہندی زبانٔی منٛز ترجمہٕ تہٕ ییٚلہِ زن واریاہن افسانن ہُنٛد انگریزی پأٹھی تہٕ دوٚیمین زبانن منٛز تہِ ترجمہٕ سپُد۔ کتابہِ میوٗل نیران نیران 2018ء باپتھ ساہتیہ اکادمی ایوارڈ تہِ۔ یتھہٕ کٔنی چھےٚ یہِ کأشر زبانٔی ہٕنٛز وُنِس تام واحد افسانہٕ سومبرن یتھ ریاستی کلچرل اکیڈیمی طرفہٕ Best book award میلنس ءستی ءستی ساہتیہ اکادمی ایوارڈ تہِ میوٗل۔ امہِ ءستی سپُد یمن افسانن ملکہِ چہن تمام زبانن منٛز ترجمہٕ تہِ۔ سأنِس ادبی منظرنامس منٛز

چھُ کُنہِ کتابہِ خاطرِ یہِ ردعمل سیٹھاہ غنیمت تہٕ حوصلہٕ افزا۔ ظاہر چھُ زِ شوقس ہرگاہ شاباش تہٕ میلہِ، کوٗشش جاری تھاونک حوصلہٕ چھُ بڑانے۔

خوشی ہنز بیا کتھ چھےٚ یہٕ زِ حالہٕ کیٚن وٕری ین منز چھُ کاشُر افسانہٕ ہنا رفتارٕ سان کتابی صورت پڑاوان۔ نوٚین پڑانیٚن واریاہن لکھارٕن ہنز افسانہٕ سومبرنہٕ آیہِ بڑ وٕنہہ کُن۔ یِمن منز چھےٚ سانیٚن زِٹھیٚن افسانہٕ نگارن مثالے اوتار کرشن رہبر، ہردے کول بھارتی، مرحوم بشیر اخترؔ تہٕ مرحوم شمس الدین شمیمؔ نہِ افسانہٕ سومبرن تہٕ شامل۔

پرن واٚلِس یام یِمن افسانہٕ سومبرنن لرِ لوٚ رمےٚ سان امہِ پتہٕ کیٚن اتھ وتہِ پیٹھ پکن والیٚن ہنز افسانہٕ سومبرنہٕ پرنک موقعہ چھُ میلان، کاشرِ زبانی منز فسانہٕ نویسی ہنزِ تسلسلک باس چھُ لگان۔ ئستی چھُ زِٹھیٚن کِنسیٚن یِمن افسانہٕ نگارن ہنزِ ژینن وٕطیرک تہٕ باوٕ ژبترٕ یُک رنگ آہنگ، ہشر، بیٚنبر، پڑٕ ہزناونک تہٕ پرکھاونک موقعہٕ تہٕ بدس یوان۔ ووٚں گوٚ وامہِ کِس نتیجس

منز یُتھ ہیوٗ تنقیدی ڈسکورس ووتلِتھ ہیکہِ ہے یاووتلُن گوٚ ژھ تیچ
چھےٚ کمی برابر محسوس سپدان۔ افسانس متعلق لیکھنہٕ یِوان تنقید
چھےٚ افسانہٕ سومبرنن منز گوڈٕ کتھِ رنگی درج خیالن یا پرٛھن
سومبرنن پیٹھ لیکھنہٕ آمتین کیپشن تبصرن تام محدود۔ یہِ ژھر بر
پروٗنچ سنجید کوٚشش چھےٚ کاشرِ زبانی منز فسانہٕ نویسی ہنٛدِ معیاری
ووتھہٕ واشرِ خاطرِ سیٹھاہ ضروری۔

اکھ اہم تہٕ سوکھہٕ ساوٚی پیش رفت یوسہٕ میانہِ دوٚیمہِ
افسانہٕ سومبرنہِ ہنٛدِ شایع سپدنہٕ پتہٕ سپز۔ سُہ گوٚو جموں و کشمیر
فکشن رایٹرس گلڈک قیام۔ امہِ گلڈٕکی بانی تہٕ مہتمم چھِ پزنہٕ
پاٹھی شاباشکِ حقدار یِیم چھِ دسمبر 2014ء پیٹھہٕ لگاتار اَبی گذر
سرینگرِ کرایہِ کُٹھس منز پرٛتھ بٹہٕ وارِ دوٚہہِ محفل افسانک سنٛز
کران۔ مےٚ چھُ پزنہٕ پاٹھی امہِ گلڈٕکس بارسس ینس تہٕ اتھ
ستی پننہِ وابستگی ستی شادمانی ہُنٛد احساس۔ مےٚ چھُ گلڈٕچہِ
گوڈنچہِ مجلسہِ منز گوڈنیک افسانہٕ پرنک موقعہٕ میوٗلمُت تہٕ اتھ
پیٹھ فخر محسوس سپدان۔ میانہِ یتھ نوِ افسانہٕ سومبرنہِ منز شامل

ژور، پانژھ افسانہٕ چھےٚ مے گلڈ چھن ہفتہٕ وار محفلن منز پٕرِ متۍ۔ اتہٕ چھےٚ فکشنس ستۍ دلچسپی تھاون والۍ حاضرین پننۍ رائے بےٚ وایہٕ دِوان۔ تہٕ افسانہٕ نگارس چھُ جان قارین ہُنٛد فوری ردعمل زانٛنگ موقعہ میلان۔ مےٚ یِم افسانہٕ اتہٕ پٕرِ تہٕ یِمن پیٹھ اتہٕ بحث سپُد مےٚ ووت بلاشکھ اشاعت خاطرٕ یِمن افسانن حتمی شکل دنہٕ چہٕ عملہٕ منز امہٕ بخٚک فائدٕ۔ یِمو محفلو ستۍ چھُ نوٚن، پرٛانین باقے افسانہٕ نگارن ہنٛدی افسانہٕ بوزنٚک تہٕ موقعہٕ میلان۔ تہٕ یہٕ چھُ لکھارین ہنٛزن تخلیقی صلاحیژن کم کاسہٕ فائدٕ ضرور واتناوان۔

یتھ افسانہٕ سومبرنہٕ منز چھےٚ کُل 12 افسانہٕ شامل۔ یِمو منزٕ اکھ افسانہٕ ''دُگوش'' عنوانہٕ چھُ تہٕ کتابہٕ ہُنٛد ناو چھُ امی اعتبارٕ تھاونہٕ آمت۔

مےٚ چھےٚ پتمہٕ سومبرنہٕ منز شاملٕ ز افسانہٕ ہیرو (Hero) تہٕ وُنل تہٕ یتھ منز شامل کٔرِ متۍ۔ بطور قاری چھےٚ مےٚ پننۍ یِم دوٚنوے افسانہٕ جان تہٕ توجہ طلب باسان۔ اما یِمن پیٹھ سپزٕ نہٕ کُنہٕ

تبصرس یا مضمونس منز کانٛہہ کتھاہ۔ اوے تہٕ کری مےٚ یم افسانہٕ یتھ سومبرنہِ منز تہٕ شامل۔ کتابہِ منز شامل "پوٚختہٕ یارٕ ز" ناوٕک افسانہٕ اوس مےٚ فرماشن شُربن ہنٛدِ خاطرٕ لیوٚکھمُت تہٕ محفوظ تھاونہٕ باپتھ آیہِ اتھ تہٕ کتابہِ منز جاے دِنہٕ۔

ووٚمید چھےٚ پرن والین ہُنٛد توجہ تہٕ پذیرائی بنہِ میانہِ ییمہِ افسانہٕ سومبرنہِ ہُنٛد تہٕ مقدر۔

دراصل چھےٚ کلہم انسانی صورتحال ابہامہٕ برٛ ثہٕ یہِ ژٕ تران چھُ موڈس موڈس پیٹھ دُژیوٚت تہٕ دُگوش بُتھہِ یوان۔ تمام تر تخلیقی ادب چھُ امی صورتحالہٕ کِنی زاینُن لبان آمُت۔ زندگی ہُنٛد حسن کیوٚ ویکھٕر ار چھُ سوالن زاینُن دِوان۔ جوابٕچ طلب تہٕ تلاشُ چھےٚ گِہےٚ تجسس تہٕ گِہےٚ حارٕ تچ صورت پرٛ اوان۔ پرٛ بتھ تخلیق کار چھُ انسانن تہٕ انسانی زندگی متعلقہٕ لیکھان۔ افسانٕک موضوع چھُ اندٕ وندٕ یی روٗدمُت۔ ووں گوٚ زندگی ہنٛدی سٕنٛز ووٚ گنٛز وُچھنٕگ لیکھاری سُنٛد زاویہِ تہٕ طیرٕ چھُ تس بیٚین نِشہِ بیوٚن تہٕ بدون کڈان۔ وُچھنٕگ، ژینٕگ یہِ انفرادی وطیرٕ تہٕ اتھ زِو دِنٕگ،

باوتھ کرنٕک تسٕند خاص انداز تہٕ اداچھُ فسانہٕ نگار سُند تہٕ تہٕندِ بن افسانن ہنٛز اثر پذیری تہٕ قد وقامت مشخص کران۔ سُہ ہیکہِ نہٕ رِوایژ نشہِ مکمل انحراف کٔرِتھ۔ مگر رِوایتچ تہٕ پیش رون ہنٛز مکمل تقلید یا تِہنٛز بالادستی ہُنٛد اہرِ تہٕ چھُ تِہنٛدِس تخلیقی ووتھہٕ واشرس منٛز ٹھوٗر بنان۔ رِوایتس ستی ہم آہنگ روٗزِتھ پنٛن رنگ یا اسلوب پرٛاوُن چھُ تخلیقی سفرس منٛز پل صراطس تارلبنس برابر۔ تارلبنُک دعویٰ ہیکی نہٕ کم کم کٔرِتھ......آ......مگر تارلبنُک آرزو چھُ پرٛتھ اکی ہنٛدی پأٹھی میٛنہِ اوے تہٕ چھےٚ کوشش جأری۔

سوال یہ تھا جستجو بڑی ہے یا آرزو

ہوا یوں کہ تمام عمر جواب لکھتے رہے ہم

مےٚ چھےٚ تیمہِ کتھہِ ہنٛز تہٕ خوشی زِ پیش لفظ رٕنگی چھ ممتاز شاعر نقاد تہٕ مدرس پروفیسر مجروح رشید صأبن کتابہِ متعلق پنٛنہٕ تو ثرات لیکھی متی۔ مجروح صأبنہِ تخلیقی کیو تنقیدی شعور چھُ ورایاہ سوٗن تہٕ تِہنٛدی یم افسانہٕ فنی اعتبارٕ پوختہٕ تہٕ توجہ طلب آسنک اعتراف چھُ میانہِ باپتھ حوصلہٕ افزا۔ بہٕ چھُس مجروح صأبن

سبٹھاہ آور بہ باوجود یہِ پیش لفظ لکھنہِ باپتھ مشکور۔ شکریہ شوٗبہِ کتاب کمپوز کرن واجنہِ ہونہار مِس ممتازن یِیمہِ میون اوٗ گر تھوٗ گُر مسودٕ بڈٕ رِتی پأٹھی کمپیوٹرس کھول۔ پننہِ گرٕ واجنہِ نسیمن تہٕ تژ بشوٗنی اولادن ہُنٛد شکریہ تہِ چھُ لأزم یمو گرِ کیو دلہ وانزلو نِشہِ پیرٕ مہلت دِژ زِمے ہیوٚک کم کاسہٕ لیکھتھ تہِ کیاہ زِ اتھ عملہِ چھُ واریاہ وق لگان ۔ ممتاز ڈیزائنرتہٕ کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدِس EMMRC شوٗبس سٟتی وابستہٕ اختر رسول صأبُن شکریہ تہِ لأزِم یمو کتابہِ باپتھ سرورق ڈیزائن کوٚر۔ ووٗنی چھےٚ یہِ کتاب پرن والین ہنٛز ملکیت۔ وومید چھےٚ تم پرن یہِ ضرورتہٕ ہاون تہٕ باون پنُن ردعمل۔

مشتاق احمد مشتاق

جون ۲۰۱۹ (بمنہ کالونی)

# سوال

ژینن وألی ہکن ژینتھ تۂ ژترن وألی ژترِتھ زِ ژھوپأوی انہِ گوٚٹ اَسی تن یا انہِ گٔژ سرسأوی ژھوپہٕ۔ اتھ تہِ چھُ کیٛاہتام گژھان یہِ نہ صرف کن بوزان چھِ بلکہِ چھُ یہِ کاڈن سزان تۂ کُنہِ کُنہِ امہِ اورتہِ سٔنتھ گژھان۔

یہِ صدا چھُنہٕ ہردِ گُلبن تل جمع پنہٕ وٕتھرن ہنز حرکژٕ ستی وۄتلان آواز ہیوتہِ ووٚذٕ گوتمہِ نِشہِ کیٛاہتام بدوٗن تمہِ نِشہِ گوٚن تۂ گوٚب۔

از شامہٕ پتھٕ رأژ ہنٛدِس ینھ پہرس تام اوُسس بہٕ ہوپ دوپ گرِتھ پنٕنِس گُٹھِس منٛز کُنے بِہتھ۔

کمرس منز اَس انہٕ گٹہٕ تہٕ سرساٲوِ ژھوپہ تہٕ یہٕ اوُسس
کتھ تام سٔنتھ مگر منزٕ منزٕ اوس مےٚ باسان کُہہ تام بیٚاکھ چھُ
کمرس منز موجود۔ تنہاٲی منز بیٚیس کانٛسہٕ ہنٛز موجودگی چھےٚ گھےٚ
سوکھ ساٲوِ تہٕ گھےٚ دوکھ دایکھ۔ یہٕ مونمُت پزراوس مےٚ ازبیٚیہٕ
اکہٕ لٹہٕ آدی سوٚ رمُت۔

یہٕ اوُسس انمان کران زِ مےٚ علاوٕ بیٚاکھ کُس اوس یہنٛز
موجودگی ہُنٛد مےٚ احساس سپدان اوس۔

مےٚ زن سونبروو أنٛدریُم سوُرے باش تہٕ لوٚگس
ژرژنہٕ۔ پانس برٛ ونٛٹھہٕ کنہٕ کرسی پیٹھ باسیوم کُستام بہتھ یہٕ
زاٮٔنتھ گوس حاٲران زِ سُہ باسیوم پننےٚ ہمشکل اسٕنہٕ ہونٛجہٕ ٹسنہٕ آیہٕ
مےٚ کُن وُچھان۔

"جنابن کیاز چھُ بومہٕ بُتھ ڈٮ۪کس درٕہہ کھاریٚتھ کوسہٕ
پریشانی"۔

تمی پزٕژھ زن تہٕ ہنجاری پاٚٹھی ٹاوس تلنہٕ کہٕ آیہٕ۔
تہنٛد لمہٕ انداز زن گیہ مےٚ ٹٕٔہ گوجہٕ مگر تو تہٕ وۄنمس جوابن۔

”نہ کانْہہ پریشانی نۂ کانْہہ مسلہٕ تہٕ نہٕ۔ ووٚنی گوبہٕ چھُس فسانہٕ گو کتھن سنان تہٕ کہانی وونان ازتہٕ ووتُم شامہٕ پتہٕ تازٕ کہانی لِکھنچ کوشش کران مگر سبد اِنے چھُم نہٕ“۔

تمیٔ کُملاوی زن وُتھ تہٕ ٹسنہٕ آیہِ پرٛژھنم۔

”گونا کس تام پری پیکرِ نازنینہِ ہُنْد سراپا چھوٕ زالو نیرِتھ ژلان۔ توہہ فسانہِ گون ما چھُو یمو ماہ جبینو رُوس کینْہہ اتھِ یوان۔ ویسے سمکھیمِژ کتہٕ اُس وِیہِ ماہ وِش یوسہٕ بیقرار گرِتھ گمِژ چھوٕ“۔

تسنْد طنز بورِتہِ لہجہِ گوس بہٕ زن بے بس تہٕ صفائی دِوان وۄنمس۔

”نہٕ نہٕ تژھ چھنہٕ بالکل کانْہہ کتھ۔ ویسے تہِ چھُس بہٕ زنانن تہٕ زنانہٕ مسلن کہٕ سنان تہٕ اتھ متعلق خالے لِکھان“۔

تیٛلہِ آسہکھ کُنہِ سیاسی گھرس یا دلہٕ وانزلس سٔنِتھ کانْسہِ سیاست کارسُنْد آکارگران۔ زنانو تہٕ زنانہٕ مسلو پتہٕ چھُ تہُنْد بوڈ موضوع یوہے۔ آرام دہ بیٹھکن منز بہتھ قلمس ہم تُل بناوِتھ

سیاست ہِکس ڈلس منز ژھرأنٹہٕ مارنہٕ گوتوہہٕ فسانہٕ گرہن ہٕنٛد
بیٚا کھ شوغل۔ خبر کیاژِ چھوٚتوہہٕ یہٕ زأنتھ تہٕ اتھ کھوٚشری پأ جامس
منز زنگ تژ اوان زِ سیاست کار چھ بس اکھ أکس گنگ کھنس
منز آوٕری روزان تہٕ یوٚہے چھُ یہنٛد محورتہٕ تہٕ مقدرتہٕ''۔

ووٚنی اوس تسُنٛد لہجہٕ پژانہٕ کھوتہٕ سنجیدے پھم تہٕ مےٚ پیوٚ و
صفأیی دِوان وُنن۔

''نہ بہٕ زأنہٕ سیاست ہِکس کھوٚشری پأ جامس منز زنگ
تژ اوٕنی۔ بہٕ چھُس عافیت پسندیہٕ چھُ مےٚ علی الزام'' ''تیلہٕ آسی
کُنہٕ حأدثا گژھان وُچھمُت''۔

تمی ووٚن اوٕر تانت تلان۔
مگر حأدثا ما گو کہأنی حأدثن ما چھُ شمار سہ تہٕ ازکل وتہٕ وتہٕ
سڑکہٕ سڑکہٕ چھِ حأدِتے حأدثہٕ۔ گوڈٕ گژھن ناکانٛہہ ریڈٕ وولا
چھاووٚنی یُس گاڑِ وول بنیو ونہٕ تہٕ یوسہٕ کتھ پیٚژاہ سولبہٕ سولبہٕ
آسہٕ تتھ پٹھ ''پریشان گژھن ما چھُ روا''۔
ووٚنی اوس تسُنٛد اندازِ بیٚیہٕ ٹسنہٕ آیہٕ مگر بہٕ اوُسس یوٚر پوٚر فکر

گیر اندازس منز۔

''مےٚ یہِ از ژ ہتر تہِ چھُنہٕ حاًدثہٕ تہ تتھ کیٛا ونوتہِ چھُم نہٕ بوزُن تگان تہٕ توے چھُس روٗدٕ گومُت''۔

''آخر ژ ہتر ُتھ کیٛا'' تمیٚ پرٛ ژھ بڈٕ دلچسپی سان۔ یہٕ آس پننِس خصلتس پیٹھ تہٕ ہیوٚ تمس وُنن۔

سپُد یہِ زِ دفتر یوان ییلہِ بہٕ بس سٹاپہٕ بسہِ منزٕ وسِتھ یتھ بجہِ بستی کُن پکنہٕ لوٚگُس تتھ جایہِ واًتتھ رُکیہِ میاًنی قدم پاًنی پانے پیٚٹھن خاکروب أندی پکی بستین ہُند ژھوٗٹھ جمع چھِ کران تہٕ پتہٕ گاڑن بران۔ رُکتھ خبر کیٛا زِ دِژ مےٚ از اتھ ژھوٗٹہٕ ڈیرس غورٕ سان نظر۔ وازِ واۂنکی باقیات، ضایہ گمٕژ پیسٹری، پلاسٹک پلیٹہٕ تہٕ باًتلہٕ آسہٕ تہہ در تہہ گرمتس تہٕ غلاظتس لرِ لوٚر۔ یہِ وُچھِتھ گوس ہے بنگہٕ زِ دراز قد آدما اوس زن تہ اتھ ڈیرس پیٹھ دراز پیوٚمُت۔ ژھوٗٹہٕ ڈیرس اکہِ اندٕ آس فربہہ ہونن ہنز چھوکھا۔ باسان اوس یم چھِ گوڈے شکم سیر۔ اوے چھِنہٕ اتھ ڈیرس تچھان مگر مےٚ باسیوو ڈیرس پیٹھ پیمتِس نفرس کُن تہِ اوس نہٕ

یمن وُنہِ ظوون نتہٕ ماأسی ژیری کرٚ منصوبہٕ بندی کران"۔

"پتہٕ کیٛا سپُد" تمی پرٚژھ ووٚنی پورِ دلچسپی سان (یہٕ گوس بڑنزاہ أتی نہٕ رٕہتھ)۔ تہنٛز دلچسپی وُچھتھ اوس مے ووٚنی کتھ زیٚٹھراونس مزٕ ہیوٚ یِوان تہٕ گوس ونان۔

"یہٕ اوُسس اکھ نظر ڈیرس پیٚٹھ پیمتِس نفرس دِوان تہٕ اکھ ہوٚنی چھوکہِ۔ مٕنٛزی اوُسس سونچان پکہٕ ناسیوٚ دُے مگر خیال اوُسم یِوان پتہٕ ہرگاہ یمو ہونوٚ یہِ آدم کھٕبتھ مارِ کوٚریہِ کتھ روزبم وأنسہِ کوٚران۔ پانٕسے باسیم پان امی ہوٚنی چھوکہِ مٕنٛزن اکھا۔ یہِ سوٚنچتھ یام فأصلہٕ اوُسس کران زِ جان گوٚ یِہ نفراتھن تھوٚ دُلن تہٕ وچھن زِ ذٔلیل کیٛا چھس۔ أندٕری اوُسم خوف گنان آسہِتن یہِ کأنسہِ مأرِتھ ترٛ وومُت یا آسہِتن أمی پانٕنے پان مورمُت خبر کُس زوگالہٕ گرٛھسم نالی۔ پُلسہٕ کربم لأٹھی، مٕنٛزی اوُسم یِتہِ خیال یِوان ووٚنی ہے زندے تہِ اوس یِی تن امی وِزِ یمن ہوٚنین لٹھ نی تن میٛتہِ مٔتھتھ۔ پتہٕ کس چھےٚ یڈٔ انجکشن کرناوٚنی سُمبھ ہسکبتھ۔ اتھ دُل مُلس مٕنٛز گوٚ پتوأندٕ رِمہٕ آوازِ ہُنٛد ےاثر۔

سُہ اوس ووٚنی سرتاپازن تہٕ مےٚ کُن متوجہ تہٕ تٔمؠ پرٛژھ بێیہِ بےٚ پھرٛوٗک پأٹھی۔

"پتہٕ اِد !!"

بیٚا کھوتہٕ گتھارُکوم تہٕ اتھ تنہا دولابس منٛز کوٚرُم شریک۔ تٔہنٛز موجودگی باسیم امہِ وِزِ بڈٕ سوکھ ساوٕی۔ زورزارِ مأنی رووُم تہٕ گیہِ أمِس ژھوٹہٕ ڈیرِس پپٹھ درازنفرس نکھہٕ۔

سُہ اوس نیم بے ہوشی منٛز۔ تس أس وُلٹہٕ دِہن یِوان۔ خبر کمہِ بلایہِ ہُنٛد سگریٹا اوُسس پھوٗنکمُت۔ أچھ آسس ژارہن ژٲمژٕ۔ باسان اوس وہرِ گُنو ہہ وُ ہہ تسُنٛد جسم اوس سبٹھاہ لاگرتہٕ وٹھن أسس ہام ٲجمژٕ۔

شکر چھُ نہ اوُسس کانٛہہ زخم تہٕ نہ کانٛہہ نشانہٕ۔ یتھہٕ تتھہٕ نیوٗ اسہِ لمان لمان ژھوٹہٕ ڈیرٕ پپٹھہٕ سڑکہِ تام بوٚر آٹوس۔ آٹو وألِس دیُت مےٚ نوٚ وہٕتٕین دوٗپمس یہِ ترٛاوُن ہسپتال چہِ ایمرجنسی منٛز"۔

تٔمؠ کوٚر بێیہِ ووٚنی ٹسنہٕ آیہِ کلامہٕ تہٕ ووٗنُن "مےٚ دوٗپ خبر

کیٛاـ یِتہٕ کوٗسہٕ بڈ کتھ چھےٚ۔ بڈٕ لوٗکٕ ڈ تھیٚ مست آدم چھِ ہُتہٕ

یِیتہٕ سڑکن تہٕ کوٗچن منز پیٹھ میلانٕے۔ اس میں کیا انہونی ہے۔

ییمہٕ ژ یٛوت پریشان کوٗرنکھ"۔

تسُند اندازٕ بدلان کھوٗت مےٚ رژھاتیش ہیوٗتہٕ وۄنمس۔

مےٚ تہٕ ژےٚ چھےٚ یہے فرق بہٕ چھس نافسانہٕ گومےٚ چھُ تنہٕ

پیٹھہٕ لگاتار سُہ نوجوان دیدمان زن تہِ دامانہٕ رٔٹتھ ونان میأنی

کہانی لکھ مگر بہٕ تتھے اتھ متعلق سونچنہِ بہوان چھُس پزٕ بتھ

قیاسس ہٕتی چھ سوال وۄتلان تہٕ سوالس جواب طے کران چھُ

بیٚا کھ سوال زبوان تہٕ اوے چھُس بہٕ روٹہٕ۔ ژٕ نے خلل کرٕ ہکھ

خبر بہٕ ما آسہا کُنہِ اندس وۄتمت تہٕ فسانہٕ آسہِ ہمم گوٗرمُت"۔

تس پیٹھ تھوس اننگ الزام گوتس ناگوارتہٕ سُہ وۄتھ تھدِ ہٹہِ۔

أخر کتھ سوالس چھُے نہٕ ژےٚ جواب سمان۔ تسُند تیز ر

زبرتھ پزٕ ژھس مےٚ نرمی سان۔

میون سُہ نوجوان ژھوٹہٕ ڈیر پیٹھ تلتھ ہونبن نِش بچأوِتھ

ہسپتال سوٗزٕن اوسا بوٗڈ کارنامہٕ کنہٕ تسُند اتھ جایہ اتھ دشایہِ

واتُن اکھ بوٗ ڈالمیہ۔

تمیٚ ترٛ کراوِ ئچھ تہٕ ملنگ آیہِ ووٗتم۔

تمہِ ڈیرُک ژھوٗٹھ تہٕ ژھٹھ فربہہ ہوٗنی چھوکھ ہبتھ رٹھ دیدمان اٗنہٕ بناوُس تہٕ رٹھ دردس پانےلبکھ جواب۔

یہِ ووٗن تمیٚ تیوٗت بڈٕ زِیہِ روٗ دواریہس کالس مےٚ کنن منٛز گرٛ بزان مغزٕ نے یوٗت نہٕ دلس سزان مےٚ پھٹٕ وسوٲسی تہٕ دِلن بُریٖژھ۔

زِ انہِ گٹہِ ننہِ کتھہٕ ونن وول وُچھن گاشس تل۔ میون اتھہٕ ووت پانے سچس تام تہٕ کمرس گیہِ لایٹ آن۔ بہٕ گوس ہے وللہ نہ اوس مےٚ برٛ ونٹھہٕ کنہِ کرسی پپٹھ کانٛہہ تہٕ نہ کمرس منٛز۔



# مُتۍ آب

از اُس آصف کمال صأبنس موریمتِس تہٕ ژمٹیمتِس بُتھِس پیٹھ رژھا بشاشت۔ 55 وُہر آصف کمال چھُ تہنٛدِس ڈیکس نال وٲلتھ روزن واجنہِ دژٕہہ تہٕ فکر گیر اندازٕ کنی پننہِ وأنسہِ کھوتہٕ تہِ بڈٕ باسان۔ تس ہٕتی کتھ کلام کرن والین چھُ سُہ ونان زِتس نہ چھےٚ کانٛہہ مویوسی تہٕ نہ چھُ کُنہِ کتھہِ پیٹھ پشتاوان۔ ووں گوتزٕ بن وٕری ین ہنٛز نظر بندی ماچھ گفہ کتھا۔ سُہ وٕنی تن کینٛہہ تہِ تِسنٛدِ روے رکانہٕ چھُ اکہِ عجیب آزارُک تہٕ اضطرابُک باس ووتلان۔

رٕبتھ کھنڈ گوو وٕنی تس رِہا گاٮٕمتِس۔ تمو دہ یونفر وورٲے

آس نہٕ کانٛہہ تہِ سمکھنہِ، نہ رشتہٕ دار وٕے منٛز تہٕ نہ زانٛی کارٕ وٕے منٛز۔

یہِ نے گلہٕ وفادار بٕنتھ یمن ترٛہن وٕرِی ین ڈٕٹھ اُتی روٗ دمُت آسہِ ہے۔ اتھ مکانس تہِ آسہٕ ہن زانٛج لبجمٕژ۔ گلس بچارس تہِ چھُنہٕ نہ کانٛہہ پتھ تہٕ نہ کانٛہہ برٛونٛہہ۔ وٕرِی دہ مرٕ برٛونٹھ انیو وآصف کمال صأبن گرٕ کامہِ باپتھ دور جنگلی علاقہٕ پیٹھہٕ شہر۔ اِدِ تنہٕ ہیوٚتس نہٕ تورٕ کرٕ تہِ کانٛسہِ ناو۔ اُتھی چھِنا و نان ہِوس ہیوٚ سمکھان۔

گلہٕ ییلہِ چاے ژوچہِ ہن ہتھ کمرس منٛز ژاوتس توٚگ بوزُن زِ آصف صأب چھُ ازخوش لتس تہِ گیہِ خوشی، مگر صحب کیاٚ زِ اوس خوش تہِ توٚگس نہٕ بوزُن۔

صحب اوس لیپ ٹاپ کھوٗلتھ زہرا نیٹس پیٹھ اخبار وُچھان۔ چایہِ گُن موزے نہٕ تٕمی از۔ منٛزی اوس بے غرض پاٹھی چایہِ گرٛ وٹھلتہِ والان مگر مغزٕ اُسس اخبارن منٛز شایع خبرن گُن۔

اکہِ اخبارٕچ یہِ سُرخی اوس بار بار پران ''انصاف پارٹی

ہنٛزِ بارِ ریلی منٛز سرکاری عتاب کِس شکار بے باک مصنف آصف کمال نہٕ مُتی آب ناولہِ ہُنٛد گرٛز۔ یام پارٹی صدرن موجودٕ سرکارس پرٛ ہتھ سۆتھرِس پپٹھ عوام آزار آسنگ راہ کھالان کتابہ تہٕ لکھاری سُند ناوہیوٚت، لکوکوٚرجوشہِ سان ژرِ پُپ، پتہٕ ییلہِ تقریر کرن والی کتابہِ ہُنٛد یہ اقتباس پوٚر۔

''وعدٕ کریو کھ مساواتک تہٕ انصافک، بارسس اۆ نکھ أنی لوٗٹھ تہٕ دِچھکھ تہٕ نہِ دستار۔ وعدٕ اوس سماجی برابری ہُنٛد انقلاب، اۆ نکھ گریمتی وانیٛک سُہلاب، أچھ کڈٕتھ چھِ لوکن عانک خاراتھ دِوان''۔ جلسس منٛز موجود لگہٕ ارساتھ گوجذباتی تہٕ بڈِ ہٹہِ أسی ونان ''شیم، شیم''۔

آصف صابن کوٚر رووٕنی لیپ ٹاپ بند، چاے أس ٹرٕنی گامٕژ۔ اتھ نیوٚن کُنے گرٛٹھ کڈِتھ تہٕ لوٚگ پانسے ءستی دا ٔیرنہٕ۔

یونس سان آسن یمن سارنے وزیرن مرٕژ وانگن لگیٕ مٕتی۔ باسان چھُ یہ علی بابا ٹائپ سرکار پیٹھ أزی چھِ لٹہِ۔ کوٚت کال تھاون پُپس شُپ دولہٕ لاٚجکھ میانہِ کتابہِ کیٚنژس

کالس پابندی۔ دیتکھ مے ملک دُشمنی تہٕ غدأری ہُند الزام۔ مگر دوہے ماچلہِ یہِ زورزبردستی۔ ووٚنی گوسوال چھُ پتہٕ کھسن وأنی آسہ ناپزٕی وسن والین نِش بیوٚن تہٕ بہترتہٕ بدلا وآسیا حقیقی۔

بدلا وتہٕ حقیقی بدلا وذہنس منز یوٲنی زن گیہِ آصف کمال نہٕ بُتھہِ پٹھہٕ سأرے بشاشت غأب تہٕ سو دزٕ ہہ تہٕ مویوسی گیہِ ہیٚیہِ نمودار یوس ووٚنی عام پأٹھی اتہِ پریڈان چھےٚ۔

تس اوس ؤری وادبڑو نٹھم سُے منظر دید مان ییلہِ تس نصر تس ستی زبردس ہرگیے یہِ۔ سو یہِ ونان ونان ہمیشہِ خأطرٕ تہند گرٕ ترٲوِتھ درایے یہِ۔

''ژٕ چھُکھ سماج تہٕ نظام بدلاوٕنکی دُہلی خاب وُچھی وُچھی پٔنی دوہہٕ کٔنسی کران۔ مأیِلس ماجہِ، بیٚنِن باین ہٕنٛدِ خأطرٕ کوٚرُتھ نہٕ کینٛہہ، تہٕ چلیو مگر ووٚنی ہے ژےٚ پٔنن عیال چھےٚ۔ اچھا ژٕ ھن تہٕ میتہِ بلاے مگر تیمِس موصمس پترٕ جانانس کُن وُچھ، ترٲو یہِ مٔتِل مان میون مہٕ تھاوُن یتہِ کنگال''۔

''مال زاتھے درایہِ تس تہِ توٚگ نہٕ زگ تہٕ پرٛؤن

پڑ ہڑ ناوُن۔ گیہِ دیارن تہٕ دیارٕ والین پتھ فلوٲے"۔

آصف کمال اوس پانٕسے ستی زنتہٕ وۄل شوٗل ہیوٗ ونان۔ دیار تہٕ دیارٕ وٲلی۔ یہِ تصور یوانٕے زن گۓ تس بڑ وٹھہ کنہِ ژھایہِ جورا اِستادٕ۔ یم لجہِ تس نکھٕ یتھ ٹسنٕہ کرنہِ۔ گوڈنچ ژھاے زنتہٕ أسس ونان آصفاتڑ اوو وٚنی یم کاکدسیاہ کرٕنی، کاڈی خوشک کرٕنی اتہِ نیری نہٕ سیأہی ورأے کہنی۔ اِدٕ چھکھ کتھہِ گاش چہِ کران۔ ژۓ ہا چھے دِلس سیأہی، میون چھے ازروُن۔ امی ازرونہِ چھے نظر بند۔ اتھی ما چھے یِوان یہِ خوشحألی، بجأیی، ترقی یوسہٕ سأنی سرکارن بارسس أنی"۔ أتھی ستی ؤژٕھس زن بیا کھ ژھاے تہٕ لجس وننہِ، یہِ یونس تہٕ بہٕ جاوید أسی ژۓ آدٕنکی یار۔ اکی علاقٕکی، أکی سٕے سکولس تہٕ کالجس منز پرن وٲلی مگر ژۓ دِژتھے نہٕ زانٹھہ اسہِ مجرأ ہی۔ دپان اوسُکھ اکھ گوڈٕ تہٕ بیا کھ گومُڈ۔ توہہِ کیاہ ترنومیانہِ زأوجہِ کتھہِ فکرِ۔ چال کیا أسٕے کھسان یِیلہِ نصرتس تھی اسہِ کتھہٕ شلکھ اوسُکھ کران۔ دپان اوسُکھ میأنی کتھ سمجنس گرٹھہِ نصرت ہٕش

ذہین کۄر آسنۍ تۄہی مُڈٕ نہٕ کینٛہہ۔

اسہِ ہبارٕٹ پانس بوش کھالنہٕ ورأے صحی وَتھ۔ یونس صأب ژاو سیاستس تہٕ ۄری پنداہ مرٕ گٲیس وزیر ملکہٕ۔ کس پڑ بتھ شہرس منٛز چھس اربہٕ بدِس پراپرٹی پٕنٛن پۄرٕ قبیلہٕ تُلن تھۄد۔ اِدٕمےٚ گرٹھیکہٕ ڈٕری أہنٛزی بأج وٹہِ۔ مےٚ تہٕ میأنٛس خاندانس تہِ چھنہٕ ستن پیرٕہن تام پرٕگی۔ پٔنِس علاقس واتناوِکوہ تینتالس تام سٹرکہٕ، مگر یہِ ہمہ گیر بدلاو ما چھی ژےٚ اتھہِ یِوان۔ ژیٚ چھے نا نظر بند"۔

سُہ لۄگ نرِ وامنہِ زن یِمن ژھاین چھگ دِوان اوس باورٕ ہٕشدی پأٹھی اوس زنتہٕ پانٕسے ونان۔

"شوڈٕ کانہٕ باش نا چھُو تہ ہہ تۄ ہے چھُو أنی لۄٹس ترقی تہٕ بدلاو ونان۔ کُنہِ جایہِ چھا خالصہ سرکار، گاسہٕ چرائے یا شاملات پیۄنتا یتھ نہٕ اَم کۄرُو، وڈٕری واجو، جنگل نہناوِو، پوشہٕ پتھر گٔروون ننگہٕ تہٕ ننتھہٕ نٔی۔ یہِ گیا ترقی یہِ ہا گوٚمتی آب"۔ سُہ اوس أتھی عالمس منٛز زِ دروازس گوٗٹھک۔ سُہ گوزن خابہٕ منٛزٕ بیدار،

گُلن اوس درواز مُژُ رمُت ۔ آصف صأب باسیوس تھار یوٗمُت تہٕ اٰدِچ سأرِ ے بشاشت باسییس غأب ۔ حالانکہ پانہٕ اوس گُلہٕ وُنی کینہہ رژھا خوش ۔ صحب سٕنز حالتھ اوٗ ری نتہٕ یوٗ ری وُچھِتھ وۄن تٔمی اٰس ٹُوی ٹُوی ۔ یم حض چھِ ازاو ترٕ کی پرٔژھی زِبیٚہِ آمٕتی یہِ بوٗ زِتھ گو آصف کمال ہنا تازٕ ہیوٗ ۔ گُلس وۄنُن بہناوُ کھاپارِ کنہِ بہٕ ترٕتوٗ ری ۔

گُلنہِ نیرنہٕ پتہٕ ترٚاٰو آصف صأبن شیشس منٛزٕ پانس ہیٚرِ بون نظراہ ۔ کلہٕ کینہہ مسوالن دیُتِن کنگوِ ٕستی پھشا ۔ بتِھس پیٚٹھ گٔرِن اٰ کھِتھ مأ کھِتھ اطمینان ہِش اِنٛج کوٗشش تہٕ اِدِ ژاو پرٛژھبن نِش ۔

گُلن لوگ صحبنہِ پرٛژھنہٕ ورأے پرٛژھبن کیُت قہوٕ پتی مہِ لٹہِ ییٚلہِ یم زٕنفر آصف صأبس سمکھنہِ آمٕتی اٰسی گُلس اوس گوڈٕ قہوٕ تہٕ پتہٕ نُنہٕ چاے تہِ بناوِنی پیٚمٕژ ۔ یمو اوس صحبس ٕستی زیٚٹھہِ زیوٗ ٹھ دربار لوگمُت ۔ قہوٕ تہٕ چاے پھران اوس گُلن زونمُت زِ پرٛژھو منٛزٕ چھُ اکھ بوٚڈ لیڈر تہٕ بیاکھ بارستہٕ اخبارٕ وول ۔

نیرنہٕ بڑ وٚنہہ اوس تمو آصف صأبس شکریہ کوٚرمُت تہٕ وۆنمُت اوسہس زِسانہِ چناوںمہِ کھسہِ تھٕنڈ تہٕ تھٕنزِ کتابہِ ہُنٛد ذکر کرنہٕ رنگ تہٕ یہِ ژُرٕ سرکار گژھہِ ورفتار۔ وۄنی گویہ کرنہٕ بڑ وٚنہہ توہہِ اجازتھ ہیوٚن تہٕ توہہِ ہٕتی صلاح سونچ کرُن اوس ضروری۔

أزی چہِ لٹہِ تہٕ کوٚرپژھو آصف صأبس ہٕتی زیٹھہِ زیوٗٹھ دربار۔ کمہٕ منٛزٕ اوس منٛزی اسن کھنٛگالہٕ تہٕ گژھان۔ اُسن بوٗزِتھ اوس گُلہٕ خوش گژھان۔ واریاہہِ کألی اوس اتھ لرِ منٛز یتھ ہیوٗ کینٛہہ سپدان۔

اما گُلہٕ ییلہٕ پیالہٕ تہٕ شیٹ بیترِ وٹنہِ ژاوامہٕ وِزِ آس آصف صأبس شأستی کھۄژٕمژ۔ سُہ اوس خشمہٕ ہوٚت أکِس پۆژھس پرٛژھان۔

"نہٕ حض یہِ چھا پزر کنہٕ سُنی سنائی"

"نہٕ حض مےٚ کتیٛگ گوبہٕ ونہٕ اپزٕ۔ نصرت جی حض چھےٚ وۄنی وزیر مال ہٕندِس حرم خانس منٛز شأمل۔

ازکل چھِ مسز یونس بٔنتھ دُبئی منٛز روزان۔ تہٕندِ خاطرٕ چھُ

تہٕ الگ فلیٹ، تہنٛد فرزند تہٕ چھُنٕتی أکس سکولس منٛز پران۔ یہِ سورُے سپُد تہنٛزِ نظر بندی دوران۔ شکر کرھٕن چناواوس نکھہٕ، یمو اپوزیشن والو بنأو تہنٛز نظر بندی تہٕ کتابہِ پیٹھ پابندی اکھ بوٚڈ مسلہٕ۔ پتہٕ آو عدالتک تہِ ژھل۔ نتہٕ آسہِ ہے یہِ نظر بندی تہٕ پابندی جأری۔ ووٚنی گواز کل چھکھ پر دزان تہنٛد تہٕ تہنٛزِ کتابہِ ہنٛدِ چرچہِ چھُ یمن ستے گز اسمان گرٛھان۔ أزچہِ لٹہِ حٕض گرٛھن یم پیرو پار۔ انصاف پارٹی لبہِ تار پتہٕ سپدِ تی یہِ توٚہۍ کانچھان آمتی چھُوٗ"۔

اخبارٕ وألی ہنٛدِ امہِ کلامہٕ ستی گیہِ آصف صأبنۍ شأستی واریاہ ٹھنٛڈٕ۔ پرٛھن ہنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ تہِ اوس سُہ واریاہن دوہن خوش۔

یہِ خوشی أس خاص پأٹھۍ تمہِ وِزِلبنہٕ یوان ییلہِ سُہ اخبار پران اوس۔ یمن دوہن اوس اخبارن منٛز تہنٛد تہٕ تہنٛزِ متی آب ناولہِ ہُنٛد بار بار تذکرٕ یوان۔ اخبارٕ تہٕ ٹیلی ویژن چینلن ہنٛد بو انمانوتلہٕ اوس باسان حکمران ٹولس میلہِ شکس تہٕ انصاف پارٹی ییہِ بارسس۔ آصف کمال اوس پانہٕ ستی سوچان، ہرگاہ یہِ سپُد

پتہٕ کرِسہ پزنہٕ پاٹھی بدلاوانہٕ خاطرٕ یم یم نوکتہٕ بحثیت ایجنڈا انصاف پارٹی ہٕنٛدِس قیادتس برٛونٛہہ کنہِ پیش۔

ووٹ گنٛزراونہٕ دوہہ اوس آصف صأب أتی خوش گژھان تہٕ أتی مغموم یام حکمران جمأژ ہٕنٛد کانٛہہ لیڈر ہاران اوس تس آسہٕ بوکہٕ ہُنان۔

شام واتان واتان اوس یہِ صاف سپُدمُت زِ اکثریت آیہِ نہٕ کُنی جمأژ۔ مخالف درج انصاف پارٹی أس سارِوے کھوتہٕ زیادٕ سیٹہٕ زیٛنتھ سرس۔ اماتمہِ سیٹہِ ہُنٛد رزلٹ اوس وُنہِ پینے۔ییتہِ پیٹھہٕ وزیر مال محمد یونسن چناولۄ ڈُمت اوس۔

مٔنزی أسی تٔمی ہٕندِ پتھ گرٛژھنچ تہِ خبر آمٕژ مگر پتہٕ زن گواتھ متلق دِمے۔رأژ پہر گرٛژھتھ ییلہِ یہِ خبر آیہِ زِ محمد یونسن زیوٛن أزی چہ لٹہِ تہِ پند ہوشتو ووٹوٕ ستی چناو۔ آصف کمالس زنتہٕ آو کمرس لورِ دَب۔

آصف صأب اوس پزاران زِ تس واتہِ انصاف پارٹی ہُنٛد ناد تہٕ پارٹی کرِ آیندٕ حکمت عملی متعلق تس ستی صلاح مشورٕ مگر

یُتھ سپُد نہٕ کہنہٕ ۔ سُہ اخبار وول تہٕ گوغآب یُس چناوٕ مُہمہِ منٛز تٲہنٛز ناول ورتاوُنک خیال پارٹی قیادٕژ آپرٲوِتھ تٔس نِش اجازتھ حاصل کرنہِ آمُت اوس۔

آصف اوس یمن دوہن اخبار پٔرِتھ یا ٹیلی ویژنہٕ پیٹھ خبر بوٗزِتھ چکرس زن کھسان۔ باسان اوس اکھ رلہٕ ملہٕ سرکار بنہِ۔ یتہِ اوس باسان زِ پردٕ پتہٕ کٔنہ چھےٚ واریاہ سوداباز ی سپدان۔ سُہ اوس یہِ وُچھِتھ بوٗزِتھ زیوٗٹھ برٛوٗڈ کڈان۔ پانٕسے ٲسِتھ ونان "باسٹرڈس، تھرڈ ریٹرس"۔

أزٕ ئِک اخبار اوس یہِ خبر ہیتھ آمُت زِ از سپدِ ژورِ بجہِ حلف بردآری ہنٛز تقریب۔ کُل ٹُلن شےٚ وزیر حلف۔ یمن منٛز اوس نہٕ محمد یونُسن ناو شامل حالانکہ پرٛانہِ حکمران ٹولکی ٲسی زٕ ترٛےٚ ناو ہینہٕ آمٕتی۔ دُپہرس پیٚلہِ تٔمی ٹیلی ویژن ترٛ ووتہٕ حلف بردآری ہنٛز تقریب وُچھنہٕ ہیٚژ سُہ پیٚوٗ وزنتہٕ اسمانہٕ۔ انصاف پارٹی ہنٛدِس وزیراعلیٰ ہس پتہٕ حلف ٹُلن وول دوٛیم وزیر اوس محمد یونس۔

محمد یونسنہِ حلف بردآری پیٹھ سپُد زوردار ژرِ پوٚپ۔

جاوید ٹھیکہٕ دراوس ژرِپوٚپ کران کران تھوٚ دۄ تِھتھ گڑھان۔ آصف کمالس گواکہِ رنگہٕ بیٛا کھ رنگ۔ تٔمی کوٚر زخشمہٕ ہوٚت ٹی وی بند۔ پانٕسے ءستی اوس ونان۔ سورٕ ءسٕزِ وڈِ مورٕ سُند تاج۔ تس باسیہِ ترٕے ژھایہِ تس أندی أندی گتھ کران۔ اسان، وسان تہٕ ٹسنہٕ آیہِ ٹاوس ٹلان ونان۔

''ازروٕنس نظر بند''



# دُگوش

اڑور محمودس اوس از بیٚیہِ پڑانی آیہِ دِل راوان تہِ وُتار زن یِوان۔ سوأس نکہِ وأرِس سُمب اتھ گِچھنس منزٕ تہِ اورٕ یور کران۔ گیس پٹھ اوُسس سیُٚن لأرِتھ۔ یام پرٕ یٚشر گُکرن سٹّی دِزٕ، ہورٕ گو نزدیک چہِ مُشید ہنزِ مایکہِ تہِ امی وِزِ ٹھنو۔ دوٚشوے آوازٕ زن گیہِ محمودس ترِتھ۔ تہِ امہِ ستی ہُر یوس تلواس۔ یاشاہ کُرِتھ نیوٚن گیس بند کُرِتھ یہِ وُچھنہٕ ورأیی زِسیٚن اوسا تیار گوٚمُت کنہٕ نہ۔ گوڈٕ درایہِ ڈُٹس کُن تہِ پتہٕ دروازٕ تہِ نبر۔ ووٚنی أس بانگ شروع گمٕژ۔ بانگہِ ہنٛدی کلمات بوٗزِتھ زن گیہِ تس رژھا لوٗ زِلتھ۔ ووٚں گو بانگ بوزان بوزان تہِ أس منٛزی چشمہٕ

آسمانس کُن ٹلان تسنز وأ چھومنز اوس اۄش دٕ درایہٕ وٕسان۔
بانگ سپدییے تہٕ تمہٕ کرأ چھن درٕ دِتھ اۄش رُکاونچ کوشش۔
پانسے ءتی دأیرُن ''وُہن ۄری ین دڑاونہٕ ودنہٕ منز کھنی
اڈ زُمت پانٕے گرٕھہ بیٚیہٕ ہن تہٕ خراب۔ بےٚ کس پانہٕ کرسا
صبر۔ دیو صبرس سبزار بنہٕ''۔ لرِ ہنٛدِ درواز پٮ۪ٹھہٕ آس تس سیوٚ دُے
نظر ووٚنی لو کٹہٕ صحنہٕ کس پچہٕ برس کُن۔
''خبر یہٕ گاشہٕ کتہٕ بیوٚٹھ۔ دِگرٕ پٮ۪ٹھے ووٚتس از اۄری ینے
زانہہ ییمہٕ وقتہٕ تتھہٕ کُنی اورٕ یور گرٕھان چھُ۔ آ...... مگر اوترے
اوس ناکیا ہتاءم ونان...........''
''بلایہٕ لجِس أہنزے آشہٕ تہٕ امارٕ چھس زُوان ......
میون گاشہٕ نہ...... نہ سون گاشہٕ یہٕ چھُم ناتس بےٚ نشان یارٕ ءنز
آخری نشأنی یُس لو کچہٕ تہٕ لاوِ آوارٕ گرِتھ گوم۔ نہ پانے کتہٕ گوٚ و
جبرن ہے نیوٚ ہم۔ گانٹہٕ زن نیوٚم جوٚنٹھ دِتھ۔ کٹہٕ کال رأ ژ منز
آسے بُتھ کھٕٹِتھ بأ ژومنز کوٚ ڈکھ ژأرِتھ گاڈِ بوٚ رُکھ۔ تہٕ پتہٕ نہ
کانہہ تھاہ پتاہ''۔

محمود اُس پأنی پانس ءستی زنتہٕ کتھہٕ کران تس اُس بیٚیہٕ اۆشس دار اُلجمٕژ۔ تہٕ پتھ کال اوٗسس نال رٕٹتھ۔

"تنہٕ ہے پڑ ارانۍ ووتُم ءکرٛن راٗ ژن اٗءسس پرٕ بتھ برٕٹھسس ءستی اٗندری شاٗدی بران۔ ژاکھ ءستی تہٕ اوٗسم منٛزی بڑ ونت گرٛشھان۔ پرٕ بتھ دوہہ آفتابہٕ کھسوٕنہٕ اٗءسم آش زُوان شاید واتہم از۔ سُہ نے بیٚیہٕ توتہٕ واتِہ تٔہنٛز کانٛہہ شیٚچھ خبر۔ مگر دوہہ لوسُون تام اُس یہٕ آش سوران تہٕ سوے واٗناکھ تہٕ ءکٹہٕ کال راتھ بیٚیہٕ نال ولان۔ تمہٕ وِزِ اوٗسم یہٕ گاشہٕ شبٕن رٹِن ہُنٛد ڈنٛب۔ یقین اوٗسم تس ہے زٕنجیر تہٕ گنٛڈتھ آسن تم زٕٹتھ تہٕ بیٚیہٕ تِمن کڈٕ ربن گربن منٛز۔ مگر تمہٕ وِزِ تہٕ ما آوتنہٕ ووتُم تٔہنٛز یہٕ نشاٗنی رٕژھراوان۔ پان تہٕ زوٗنم دوہے توہنٛدُ ے امانت...... بتھ بےٚ پرسان سمسارس منٛز چھایہٕ امانتدأری کم کڈٕ ر۔

یۆ تام گاشہٕ زاو، ہہرٕ بابہٕ جنتی اوٗسم نیٚچوٗ لاپتہٕ گرٛشھنہٕ کہٕ ہہہ توٚ تام مزار بل ووتُمت۔ دُرٕ ے کوٚ رنم ساٗری ہیٚے بیب۔ راولپوٗریُگ نوٚ ومکانہٕ، بونہ بازرُک دُکان، نقدٕ ے ساٗری ہیٚے

کوٚ رُن قبضہِ۔ دۏ پنم جوان چھکھ نیر تہٕ کرِپٕنن بندوبست۔
بایوتہِ دِژ ہم یِی راے۔ دۏ پہم گاشن مہ برواے، یہِ رچھون
أسی۔ مگر مےٚ مامون دِلن۔ دِلن دۏ پم سہ کیا بخیلن ......
بلکہ کُنہِ دۏہہ آم تہٕ پرژھنم میٲنس امانتس کیاہ کوٚرُتھ۔ بہٕ
کُس بُتھ دِمس۔ گاشہِ تہِ مادِمن لگہٕ اتھن تل ...... شستھرٕ و بُتھ
لاٗ گتھ ترٲوِم ئہٕ دُژیس پرٛانہِ لرِ ہندِ ین یمن گُٹھی نکہٕ وارِ ین
ڈاین تھپھ یلہٕ۔ ئکتی پنج تہٕ پنچاٹھ لاٗ گِنم اتھ پٹھ تہِ۔ کیاہ کیاہ
وۏنم یمن پنچاٹھن تھی۔

بایوتہِ اوس مےٚ پرژھنے کس تام بُڈِس موہنوِس بہٕ دۏیمہِ
نیتھرٕ رٕنگی پُشراونک أندری أنڈی سٕنز کوٚرمُت۔ اِدِ مےٚ ییٚلہِ
ٹھاکھ کوٚ رکھٕ تموتہِ ترٲوکرٕ یئٹے ژٕتھ۔

پتھ کالک اکھ اکھ کُڈ رساتھ یاد کران اوس بےٚ شوٚنکی
پاٹھی تہٕنز وأچھوزن ناگہٕ رادوُزان۔ اۏشہِ ئتی اوس وونی تہٕنٛد
بُتھ تہٕ فراق نال تہِ أدریومُت۔ امہِ سرٛ ہہ ئتی زن آوتس حبس
تہٕ کرِن اچھن درٕ دِتھ اۏش رُکاوٕنچ بیٚیہٕ کوٗشش۔ یہِ کران پییٚس

آنگنہِ کِس پچہِ برس کُن بێیہِ نظر تہٕ اُنٛج ٕستی بێیہِ پانسے ٕستی کیٛا ہتام دأیراونہِ۔

"خبر کوٚت گوٚو یہِ گاشہِ اُمس آے تہٕ پاے۔ اُہنٛزی رایہِ تہٕ مایہِ ہے اتھ سأری ہٕسے مقابلہٕ کوٚرُم۔ ٕکتٕن کارخانن تہٕ وانن پێٹھ گرٕم موٚزوٗری۔ یِم دولتمند تہِ ماسێد یو پدیو زیادٕ پھٕن اُچھی مکٔری۔ دپھ سأری ماگنڈ وکھأکی ہٕسے گیچھِہ۔ وارِیاہو گرہم سودلہِ مُروتھ تہِ رُت جزادی نکھ۔

زٕوٗری بروٗنہہ یِنہٕ گاشہِ ٕہمہِ پاس دڑاوتنہٕ زن گیم بێ قرأری تہِ رژھالوٚ ژلتھ۔ تنہٕ چھس رأژن ہنا قرارٕ سانِے لر تڑاوان۔ اورٕ یور نیرنہٕ وِزِ تہِ زن چھم نہٕ لوٗکن ہنٛز نظر ووٕنی تیوٗ تاہ کوٗران باسان۔

گاشہِ چھُ شکلہِ چالہِ اُن تہٕ تہٕ غأن مألی ہٕسے ہیوٗ۔ کُنہِ کُنہِ چھُم اُہنٛدِ اژنہٕ نیرنہ تہِ بڑ وٗنتھ گرژھان۔ رٕتھ بڑ وٗنٛھ دڑام یہِ جانانہٕ ٕہمہِ تہِ پاس۔ اصل نمبر آس مے گوٚو دِل شاد۔ سونچان إُسس کاش سُہ یِیہِ ہے بہٕ دپھس وُچھ سامے رِکتھہٕ کُنہِ سنبھول

چون امانتھ......خبر اگرے سہ کُنہِ آسہِ تمۍ ما آسہِ مےٚ ستۍ خیانت گرمژ۔ نہ نہ سہ ہیکہِ نہٕ یہِ گرِتھ سہ کرِ نہٕ یہِ ہرگز"۔

تس اوس بیٚیہِ اۄش وسنہِ لۄگمت تہٕ سوٲس پاٚنۍ پانس اۄش ووتھراوان۔ تس پیٚیہِ بیٚیہِ پچہِ برس کُن نظر تہٕ نظر پوٚانٕے ژۄلُس نیٚرِتھ۔

"خبر کتہِ بیوٗٹھ یہِ گاشہِ بہٕ کرِ ہا برس ہاٚنکل ووٚنۍ کُس نیٚرِ پتہٕ بیٚیہِ أندرِ پیٹھہٕ برمژ راونہِ۔ پیٹھہٕ نےٚ تس رۄس أندرِ دِلے لگان۔ خبر مےٚ کیاہ گۄو وازیہِ۔ پیٚژ بیقرأری"۔

سوٲس یِ سوٗنچان زِ برس گۄو وٹھس تہٕ اورِ ژاوخۄ بروجوانہِ سال گاشہِ اندر۔ محمودن ترٛأو تس ہیٚرِ بون نظراہ۔ أن تہٕ غاٲن باسیوس سہ تمی چالہِ۔ یُتھ تمۍ سُنٛد مول تمن دوہن اوس ییلہِ سہ محمودن گوڈنچہِ لٹہِ وُچھمُت اوس۔

سوٲس تس مُدے گنٛڈِتھ خبر کیاہ کیاہ سران، زِ تمۍ دیُتس تورِ آلو۔

"ممی ژِ کیاہ کران نیبرِ کنہِ"

"کہنی نالُجِو سیہِ بلایہِ چانی موکھہٕ ہادرالیس۔ ژیر کیاز لوگُتھ کتہِ اوسُکھ"۔

"کہنی نائے مُمی اوترے وَنیو مے ناسانہِ کالجہِ ہے اَس نیبرِ مِلِن یونیورسٹیٔ ین منز سُکالرشپہٕ ڈِسی اڈ مشنہٕ باپتھ کونسلنگ دوستن دِوٕ پنٕم تمیُک لسٹ چھُ انٹرنیٹس پیٹھ تی وُچھنہِ اوسُس گوٚمُت"۔

گاشُن جواب بوٗزِتھ زن تہِ گیہِ محمودس زٕوے نَنِگلِتھ۔ تمہِ کرزورٕ زار کیاہ تام وَنہٕ نِچ کوٗشش یہِ نہٕ تس ہٹہِ کھساٍنے اوس۔ پتہٕ کیاہ وُچھتھ اِد "گاشہِ وُتھُس در جواب اہنی ممی میون ناوتہِ ہے چھُ دپان اتھ ما آسہِ جلدٕ ے گرشُن"۔

محمودس گوٚ ویہِ بوٗزِتھ اَچھن دُگوش تہٕ تمی کٕٹہٕ کال راَژ ہُنٛدسہ واَنا کھ منظر آس زن بیٚیہِ دِید مان۔



# شاپھ

وٲنسٕتھ تہٕ جسمہٕ کٕنۍ وُژھوارتہٕ موکھرو بدار خواجہ صمد چھُ از کل شہرچہِ اتھ بجہِ بستی منٛزٕ ہیٚس زمان ماننہٕ یِوان۔ سُہ چھُ اکثر خوش پوش روزان تہٕ وُچھونٛن خوشحال باسان۔ ویسے تہِ چھُنہٕ تِہنٛزِ خوشحٲلی پیٹھ کانٛہہ شکھ کرنُک تہِ کانٛہہ وجہ۔ ییتہِ پیٹھہ دُبے تام چھُ تِہنٛدٮ۪ن ترٛٮ۪ن نیچوٮ۪ن ہُنٛد کاروبار پھٲلتھ تہٕ دبدبہٕ تہِ۔

اما صمد صٲب چھُ أنٛدٕرۍ أنٛدٕرۍ واریاہ بےٚ سوکھ تہٕ بیقرار۔ یہِ بیقرٲری چھُ سُہ پانے یوت پوٚرٕ محسوس کران۔ ووٚں گوٚتس قریب روزن والیٚن تہِ چھُ امیُک کم کاسہٕ اندازٕ۔

خوجہِ صمدس اَس ازتہِ ووسہٕ رات گاٲمٕژ۔ لرِ پھٕرنی ہتھاہ اوُسن دِتمُت۔ پنِنس پتھ کالس اوُسن لرتڑ اَوی تھٕے پڑاو پتہٕ پڑاو پھیر دِتمُت۔ اوے أسس صبحہٕ چہ لٹہِ زولہٕ گمٕژ۔ اتھ ننِدرمنزٕ تہِ اوُسن کیا ہتام بےٚ سوکھ کرٕون خاب وُچھمُت۔ سُہ یہِ زِ پنُن پڑون لوکچارُک گامُک ہمسایہِ اوُسن تمی انمانہٕ وُچھمُت ییمہِ آیہِ سُہ تس تمن دوہن تمہِ وِزِ وُچھان اوس ییلہِ تمن أچھی مێل گژھان اوس۔ امی خابہٕ کنی کٔڈ خوجہِ صمدن کُنی ووڈھ تہٕ گو بڈٕ پیٹھہٕ تھوٚ دٕ ٲتھتھ۔ دارِ ژ رنوٚ کنی اوس تاپھ کُٹھِس منز أژتھ زن تہِ تس ژیرِتام شونگنس پیٹھ ٹاوس ٹلان۔ مگر یام سُہ بڈٕ پیٹھہٕ ووتھنہِ لوٚگ تس گوز بردس دبردنی کنن۔

باسان اوس زنتہِ کوٚسہٕ تام وُچاپھی جماتھاہ کُنہِ مکانس پتھ چھےٚ والان۔ کُروبالہٕ چلاوچ تہٕ ٹین مُژراوچ تہٕ بون لاینہٕ تیتچ آواز أس زنتہِ تس ٲرِتھ گژھان۔ باتھ روٗم اژنہٕ بجایہِ دراو سُہ کُٹھہِ نبر لابی منزٕ تہٕ گرِ خادم عبدالغنی لیس دِژن کرٕ بکھ۔

"ہیوٚ غنا یہِ دبردنہِ، کھوٚ گژھان، یہِ کتہِ گژھان۔

غنہٕ کاکھ آو کچنہٕ منز نیرِتھ تہٕ وۄننس ''یہِ حض چھُ سانہِ آنگنہٕ ذٕچھنہِ پاسُک سُے ترُٛپھر مکانہٕ والنہٕ یِوان۔ یتھ حض محلہٕ وأَلی بۄ ت بنگلہٕ تہِ ونان چھِ۔

غنہٕ کاکُن جواب بۄزِتھ گوخوجس زنتہِ طبیعتس رژھالوژر ہیوٗ۔ مگرٕ ستی وۄنُن تس نفیس پہن چایہِ پیالہٕ تھاو تیار یۄ تام بہٕ اتھہٕ بُتھ چھلہٕ مےٚ چھُ کلہٕ زن گیران۔

ہمسایہِ گأری منزٕ لر والنہٕ یِنک یہِ دبردنہِ اوس خوجس باتھ رۄمس منز تہِ کنن گڑھان تہٕ تس زنتہِ اوس امہِ ستی تلواس ووتھان۔

نبر اوس غنہٕ کاکھ تہِ سوچس پیۄمُت زِ خوجہِ کیاہ زِ وۄتھ از ژیری۔ أمِس کیاہ زِ چھُ کلہٕ گیران۔ پانٕسے ستی اوس دأیران آسبس بیٚیہِ نچھوہو کینٛہہ پھاٹون وادلو گمُت۔

اسہِ غریبن باسان سانٛہن گرن منز چھُ اوٕ کنٛی فساد ووتھان زِ آنہٕ ژورنہ آسنہٕ کنٛی چھےٚ شُرٕ بن بأژن ارٕسرٕ کرٕنی پیوان۔ اسہِ باسان ہرگاہ دیار دولت آسہِ ہے فسادٕ ے ووتھِہ ہے نہٕ۔ مگر

یَمن خوجہِ کٹٹن چھےٚ دوٚلتھےٚ پھاس ترٛاوان۔ ازکل ماچھِ یَم ترٛبشوے بأے اکھ أکِس ہٕتؠ سیٚدِ کتھ تہِ کران۔ زِٹھی ہِوی زٕچھِ خوجس تہِ گوٚبرِ تھےٚ۔

پھرا گرٛشِ ھتھ دراو خوجہِ صمد باتھ روم منٛزٕ۔ تہنٛز ژاکھر بوٗ زِتھ آو غنہٕ کاکھ تہِ چایہِ کیٹلی تہٕ ژوچہِ ہن بیترِ ہلتھ۔ چاے خوجس برٛ ونٛہہ گُن تھاوان پرٛ ژھنس کھوٗژی کھوٗژی، نہ حضِ خأرے چھاتھی ہے أسِو وناں کلہٕ چھُ گیراں۔ عامر صأب دژاو آدی۔ أتھی حضِ نوِ سایٹہٕ پیٹھ ییٚتہِ تِم کالونی چھِ بناوان۔ وٕنو ہے تہٕ بہِ کرس فون۔ توہہِ ما آسہِ ڈاکٹرس گرٛژھُن۔

ناوغنا تیوٗت کانٛہہ مسلہٕ ناچھُنہٕ۔ خبر کیٛاز ِآیم نہٕ کالہٕ ژٕیرِ تام ننِٕدر۔ اوے چھُم کلس یُہے گوبہٕ ہیوٚ۔ دپھ یہِ وِنتم یہِ ترٛ پُہر پوٗنحتہٕ مکانہٕ کیٛاز ِچھِ یَم والان۔ یُہے اوترٕ اوترے گٔمی تام ہیوٚ تمُت اوس۔

اہن حضِ یِمو ہیوٚتمُت اوس تِمے چھِ والان تہِ۔ دپان حضِ پٔتمِبن وُہن وٕری ییٚن منٛز آوِیہِ مکانہٕ پانٛژِ ستہِ لٹہِ کِننہٕ۔ مگر تیمی تہِ

ہیۆت لَس آونہٕ اتہِ قرار۔ کأنٛسہِ گۓ شُری بأژ بیمار، کأنٛسہِ گو کاروبارس نوقصان۔ یِموٗ اوترٕ کُن تِمن تہِ اوس اتہِ روزنس دوران کیٛاہتام وکانہٕ گومُت۔ اوے اوسُکھ سوگہِ مولہِ کُنمُت۔

اختُے حضٕ ییٛلہِ مےٚ بوزیوویم ٕکنن یہِ مےٚ حضٕ وَنیوو أنیس صأبس دیپوٚمس تھأوِی تون تُھی ہیٚتھ۔ سُہ حضٕ وۆتھ درجواب اتہِ دریوونہٕ ازتام کانٛہہ اتھ چھُ خبر کیٛاہ شاپھ ییٛتن اسہِ تہِ ووٚنی تھانتھ۔

غنہٕ کاکھ دراوخوجس یہِ تانتھ وٕنتھ کُتھہِ منٛز نبر۔ خوجہِ لۆگ چاپہِ داماداما چینہِ مگر کاڈٕن منٛز اوسُس خبر کیٛاہ کیٛاہ چلان۔ سونچان اوس۔

''میٛانِن کنن تہِ آسہِ ہے أمی أنیسن کوٚرمُت زِیہِ مکانہٕ چھُ یۆتاہ سوگہِ مولہِ کِنہٕ یِوان۔ بنان چھُ أسی ماہمِھون۔ پتہٕ ہرگاہ وأنی تھےٚ تہِ ژہٕنہوصحنہٕ گرٛشہِ ہابیٚیہِ ہن بوٚڈ۔ گوڈٕ مےٚ أکی فکراہ یِم نہٕ میون ووٚنی پأزارس تہِ وندان۔ حالانکہ کرورن ہُنٛد یہِ کاروبارُیس ییٛتہِ، دِلہِ تہِ دُبے منٛز چلان چھُ، چھُکھ میٛانی

پأزارک مَل۔

کیٚاہ تین تیراہ گرِتھ چھُ مےٚ یہِ کاروبار کھڑا کوٚرمُت۔تہٕ چھُ میونےٚ پان زانان۔دپھ یم رٲژ ووٚنی اکھ أکی ہِنٛدی ازروٗنی۔

أنیسن کوٚرراتھ دِلہٕ پیٹھہٕ فون کمہٕ بُتھہٕ ووٚنُن زِ عأرفس ڈٲلی زِ دُبےٚ کِس ڈیپارٹمنٹل سٹورس منٛز بناوِ مےٚ پارٹنر۔نتہٕ پھُٹراوس بہٕ بینک گارنٹی تہٕ مسلہٕ گژھِ بس پأدٕ۔عامر تہٕ لوٚگ اوترپیٹھہٕ دوٚیہ ترٚیہ لٹہٕ مےٚ بُتھہٕ دوٚ پنم تٲلی دوٚ بری گرِتھ ٹینٹھ مینٹھ کٲنٛسہِ کُنٛس حوالہٕ تہٕ سُہ بنیو وُدُبےٚ ہُنٛد لالہٕ۔

چھُ تہٕ کرور بوٚ دیٚمن دون بارٕنن تہٕ مگر أمِس کِنٛسی سُنٛد بڑ وٛتھہٕ نیٚرُن چھُنہٕ زران۔ ووٚنی ہے بہٕ کرٕ تہٕ کرٕ کیٚاہ۔یوٚت گرِتھ نہٕ مُجرأیِی۔ہرگاہ یمن یِہے ونن روٗز یمن کرن اتھ ساأری سے پھُٹنٕ پھاٹھ۔"

یہِ سونچان سونچان لوٚگ خوجہِ زیادے بیقرأری محسوس کرنہِ۔

دۆیمہِ طرفہٕ اوس مکانہٕ والنٕگ دبردنہِ تہِ ہنہِ ہنہِ تیزان تہٕ یہِ زن اوس خوٚجس وارے تلواس ٹلان۔ سُہ اوس ووٚنی پانٕسے ہتی سونچان زِ اٰخر کیٛاہ سناشاپھ چھُ اوسمُت اتھ مکانس۔ لتہِ روزن والیٚن کیٛا زِ اوس نہٕ اتہِ قراریوان۔

خوٚجہِ اوس أتھی عالمس منٛز زِ غنہٕ کاکھ ژاو کیٹلی پیٛالہٕ بیترِ کڈنہِ۔ خوٚجن کڈ ووٚٹھ ہِش تہٕ لۆگ غنس بیٚیہِ أتھی مکانس متعلق پرٛژھنہِ۔

غنہٕ صأبا ڈٕلیل کیٛاہ أسہِ اتھ مکانس۔ بنوومُت کمٕی اوس تہٕ سُہ کیٛا زِ اوس اتہِ درامُت۔

خوٚجہِ سُنٛد سوال بوٗزِتھ بیوٗٹھ غنہٕ کاکھ ڈۆ کھ دِتھ تہٕ ڈٕلیل گرٕی ہِنٛدی پأٹھی لۆگ قصہٕ بیان کرنہِ۔

زانہِ حض سُہ پانے زِ اصل ڈٕلیل کیٛاہ چھےٚ أسہِ مگرونن وأنی چھِ ونان زِ یہِ مکانہٕ اوس دۆرگاہ ملکی کمٕی تام شخصن یتھ پتھرِ منٛز شۆرش ووتھنہٕ کیٚن گوڈنہِ کیٚن ایامن منٛزٕ بنوومُت۔

دپان سُہ شخص چھُ شۆرش ٹُلن واجنہِ کتھ تام جمأژ کیٛا ہتام

پیٹھ درتہِ اوسمُت۔ وول گولٕر بنأوتھ أ ٔسس گاہے بے گاہے تنظیمکی پٔرھی وأتتھ پوان تہٕ تم سرچاونک کوٗ ڈُر مرحلہٕ اوسُس بُتھہِ یوان۔

دپان دوہہ اکہِ ترٛووردی پوشواتھ مکانس تمہِ وزِ چھاپہٕ ییلہِ مألکہِ مکان تہٕ تمیٚ سُند عیال اتہِ اوس نہٕ۔ پر مللکی گُلالہٕ ہوی زٕ ہتھیار بند نوجوان آے گولہِ پرٛین گرِتھ مارنہٕ۔

محلہٕ والین ہُند وُن چھُ زِ مألکہِ مکان آونہٕ پتہٕ اتہِ زانہہ وُچھنہٕ۔ تہٕ مکان آو مجہِ مولہٕ کِنہٕ۔

تنہٕ یُس تہِ اور آوتس آونہٕ اتہِ قرار۔ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ وکانہٕ گوس۔

وُن وأنی حض ونان زن تمن دون گُلالن ہٕندی روح اتہِ ہیرِ بون چھِ کران تہٕ اوے چھے بسکینن بیقرأری گرِ شھان۔

غنہٕ کاکن کوٗ ڈٔ لیل اند واتناوان زیوٗ ٹھ بڑیوٗ ڈتہٕ کیٹلی تہٕ پیالہِ ہتھ دراو خوجہِ سٕندِ کمرٕ منزٕ نبر۔

خوجہِ گوبیٚہِ غوطن ہیوٗ۔ سونچنہِ لوٚگ۔

گونا اتھ چھےٚ بنیادٕ ے اٚسۍ غلط۔ دوکھس پٹھ۔

مکانہٕ والنگ دبردنہٕ اوس ووٚنی مزید تیز یوٚمت باسان۔

خوجہِ صمدتہٕ اوس زنتہٕ وارے بےٚ سوکھ تہٕ بیقرار۔ تس زن آو ۄری ژتجی مرٕ برٛونہہ سےُ منظر دیدٕ مان ییٚلہِ تٔمۍ پننس تمہِ وقتہٕ کِس ہمسایہِ کریم لونس نچوٚس علاج کرناونہٕ باپتھ کینژہہ پوٚنسہٕ وۄزُم دِژاے تہٕ پتہٕ یمو پوٚنسو بدلہٕ تسندی ژور کنال زمین پننہِ ناوٕ کرناویو۔

تس بچاٚرس مو یو وواریاہ علاج گٔرِتھ تہٕ سہٕ نچو۔ تٔمۍ کوٚتاہ زارٕ پار کریو صمد صاٚبس زِ زمین دِتم واپس مگر خوجن گٔرنس ترٛشٕ ھ بوٚ اٚری تہٕ تیُتھ روب زِ سہٕ بچور ہیوٚ کنہٕ ژٕرتہٕ گٔرِتھ۔

خوجس اوس یاد پیوٚان زِ پتہٕ ییٚلہِ تٔمۍ سےُ زمین جان رٔمس کٔنتھ ٹھیکہٕ دٔاری شروع گٔرتہٕ کاروبار شہرتام پھٔہلاوُن ہیوٚت کریم لون اوس تس وُچھِتھ زنتہٕ باورٕ گرشھان تہٕ نظر سیوٚ دُے اسمانس گُن تُلان۔

یہِ سونچان سونچان پھٔٹ خوجہِ صمدس زن ساٚری سے

بدنس ءَ ترِ گنڈی ۔

ہمسایہِ مکانءِ والنگ دبردنہ اوس ہنہِ ہنہِ تیزان باسان ۔ تس اوس تلواس ہُران باسان اوسُس زنتہِ کریم لون لشکراہ ہتھ تبرِ تہِ گُروبالہِ ہیۓ ہیۓ تھزِ رنگہِ مندورِ گُن خشمہِ ناک پأٹھی پکان اوس۔



# تھزر

پننہِ مکان کہِ ترٛیمہِ پوٚہرچہِ دارِ پیٹھ رپوٚدٕ ہیتھ آسہٕ میانہِ أچھی تتھ سڑکہِ کُن زَن درس لگِتھ ییمٛبکہ نہٕ ووٚنی کانٛہہ آنکھ شانکھ تہِ لبنہٕ یِوان اوس ۔ سورُے اوس عالمِ آب بنیومُت ، سڑکہِ یپارِ میانہِ پننہِ صحنُک دیوارتہٕ ہمسایہِ گرن ہنٛدی دیوارتہِ أسی گیٹ ہیتھ آبس تَل پھٔٹِ متہٕ ۔

ووٚنی گوسانہِ مکانہٕ سیٚدِ سیوٚد سڑکہِ اپارِ لون صائنٛس آنگنس منٛز دیوارس ستی بناونہٕ آمتہِ باتھ روٗمچ سلیب أس وُنہِ نٔنی ۔ اتھ پیٹھ اوس اَکھ روٗٹہٕ گومُت ہونہِ بچہِ چوٗن رائے کران ۔ امہِ چوٗن رایہِ ستی اوس مےٚ تلواس ووتھان تہٕ دِل اوس ترٛاس

کھوان۔ ازصبحُک منظرِاوس مےٚ ووٕنی خاب باسان۔

سُلہِ فجر پرٕتھ مشید پٮ۪ٹھ یِوان آٔسی مےٚ اتھ سڑکہِ پٮ۪ٹھ لُکھ پکان وُچھِ ہمتی۔ گاڑِ تہِ آسہٕ چلان یُتھ اوس نہٕ گُمانہٕ تہِ زِ کالہٕ پٮ۪ٹھ دۄ رأسِتھ تہِ کرِ آب یُوٗ تاہ زور۔ دۄ رکرنس پٮ۪ٹھ اوس مےٚ کالےٚ نماز شُکرانہٕ پۄ رمُت۔ صبحچہِ لٹہِ تہِ آٔس مےٚ بشاشت، سونچان اوسُس أندی پٔکی محلن تہِ ژاوآب مگر یتھ ژکلس پٮ۪ٹھ سون محلہٕ چھُ یِہ پچھُ ہنا تھزرس تہٕ اوَے کھۄت نہٕ یور آب۔ مگر یِہ خوش گُمأنی درے یِہ نہٕ زیادس کالس۔ گأنٹہٕ جورا گرٕ ژھی تھے وۄتھ کر بکہٕ ناد، مےٚ ییِلہِ دارِ کِنی نظر دِژ سڑک آٔس نالہٕ بنے مژ۔ دَپھ امہِ وِزِ سونچو مےٚ زِ أندی پٔکی مکانو کھوتہٕ چھُ میأنِس مکانس کِن وارِیاہ تھۄ د۔ آب رٹہِ وُنی لیول تہٕ روزِ کِنہٕ بونے مگر یُتھےٚ آب آنگنس منز ژاو مےٚ رۄ دُے نہٕ پانس تام یا شاہ گرِتھ لۄگُس بٔڈی بٔڈی چیز تُلنہِ تہٕ دویمِس پو ہرس منز واتناونہِ۔ یِہ وُچھِتھ گیہ گوڑ گوڑ میانہِ آشنہِ تہٕ کوربن حأرأنی۔ تم آسہٕ مےٚ یِتھ کِنی وُچھان زَن بہٕ مُتِل کرنہِ لۄگمُت اوسُس۔

ووں گوکھٕ کاڑی ژٕھرٕ تموٕ تہٕ خطرٕ تہٕ لجہٕ ترٛ بشوٕ ے ماجہٕ کورِ چیز وٹنہٕ تہٕ ہیوٚ رکھالنہٕ۔

بہٕ ژاس سارِنے بروٚنٛہہ پنہٕ نِسے کمرس منٛز خبر کیا زِ دِژمٕ گوڈٕ انوارنالی پلوتہٕ باقٕے سامانہٕ أتی تھے ترٛ أوِتھ تمن اعزأزی ٹرافی یَن تہٕ رسوخہٕ والین شخصن ستی تلنہٕ آمتین پنہٕ نٮ۪ن فریم کٔری متین فوٹوٕ وَن یہِ زہر ہہ اوِ کنہٕ زِیم چیز أسی مٕے پنہٕ نٮ۪ن ہمکارن تہٕ ہم سنن منٛز ممتاز آسنُک نشانہٕ باسان۔ یمن چیزن ہنٛز اکھ لاکھ ہیوٚ رکھاٗلتھ دوٚیم لاکھ نٕنہٕ ییٚلہِ بہٕ کمرس منٛز ژاس مٕے باسیوواتہِ تلے آب وُزان۔ گبراٹھ ہیوٚ گوم تہٕ وُچاٗئی پاٗٹھی دِژمٕ بأقٕے بچے مٕژن اعزأزی ٹرافی یَن، فوٹوٕ فریمن تہٕ پنہٕ نٮ۪ن لیچھمٕژن کتابن کُنی کوم۔ یمو منٛز ژٕلی وارِیاہ چیز کومہٕ منٛز نیرِتھ تہٕ گٕے آبس تل، مٕے باسیوو زنتہٕ آبن میون سوٗرُے وجوٗد تَل روٗٹ۔

ترٛ ییمہِ پوٚہرِ چہِ دارِ پیٹھ ربوٗدٕ بہتھ اوسُس بہٕ أزکہِ کراٗسٹھی دُہکی یم ژٕہی یادکران زِ کتھٕ کنٕی لوٚگ نہٕ پَیی زِ دُپہر کر

ڈۆل تہٕ مکانٕک گوڈنیُگ پوٚہرآو پوٚرٕ پاٹھی آبس تل۔ دُپہر

واتان واتان اوس مےٚ سوٗرے اۆند پوٚک زرد یومُت باسنہٕ

لۆگمُت ، میانہِ آشنہِ تہٕ دۆشوٕنی کوربن تہٕ أس لیۆد رِژھٹھ پھیرِ

مژ۔امہِ وِزِ سونچومےٚ کأنسہِ یارس زأنی کارس کرٕ فون۔یتھ بستی

منز نیرنٕک کانٛہہ بندوبست کرو مگر اۆت تام اوس موبائیل فون

تہِ بیوٚٹھمُت تہٕ لینڈ لاین أس زٕ دۆہہ برونٛہہ پیٹھےٕ ٹھپ۔

مےٚ یام نظر لوٚن صاٮ۪بنس آنگنس کُن پیٚو آب وُچھم یِہنٛدِ

باتھ روم چہٕ سلیبہِ پیٹھی پکان روٹہٕ گومُت ہونہِ بچہٕ اوس زنتہٕ

زیادٕ دٕے وولیومُت تہٕنزٕ چوٗں رارٕے أس تیزٕے مژ۔سانہِ

گرِکی سأرِی بأژ أسی أمی سےٚ ہونہِ بچس کُن مدٕے گنٛڈِتھ تہٕ

میانہِ آشنہِ اوس اۆش ددرٛ ایہِ وَسان۔

ہنگہٕ منگہٕ گیہ چوٗں رارٕے بند تہٕ ہونہِ بچن دِژ سلیبہِ پیٹھ

اکھٕے ووٚڈھ تہٕ پھوٚٹ آبس منز۔

مےٚ گوہیرٕ خوشِک زنتہٕ میأنی کن ووٚنی تلواس تُلہٕ وِنی یہِ

چوٗں رارٕے بوزنس پژاران أسی مگر أندی پکی أس ووٚنی صرف

وحشتناک ژھوپہٕ۔

پریشانی ہٕنٛدِس اتھ عالمس منٛز اوس مےٚ بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ صبحُک سُے منظر دِید مان یِوان ییلہِ مےٚ فجر نمازِ پتہٕ گرِ یُون لون صائبنس گیٹس نیبرِ کنہِ سیٚکہِ ڈیرس پیٹھ اَمِس ہونہِ بچس سان ہوٚنی درجنا مزہ سان شوٚنگتھ وُچھوو۔ لون صائبنوٚ اُس پتٕ مہِ رہتہٕ یہِ سیٚکہِ گاڑی اتھن ترٛاوِمٕژ۔ اُڈ اٚسکھ کچنس ٹاکہٕ لاگنس خرچ گامٕژ تہٕ اُڈ اُس اُتی نےٚ پڑاہ۔

محلٕی محلکی ہوٚنی اُسی اُتھی سیٚکہِ ڈیرس پیٹھ راتس آراماہ کران۔ زہرہہ اوس تمن تہِ امہِ ستی تھزرس آسنہٕ کہِ گُمانہٕ نٕندرِ مزٕہ یِوان۔ مگر اِہنٛدِس گمانس تہِ دڑاونہٕ زیادٕ کال۔ یُتھےٚ سڑکہِ آب آو ہونہِ بچہِ سٔنز ماجہِ ورٲے ساٚری ہوٚنی ژلی ژُپنجل دوترٛاوِتھ، دِپھ ڈمبی دادِ روٗز سوواریا ہس کالس ژھرٕ ٹہٕ ژھرٹھ کران۔ ییلہِ آب ہُران گوس تہِ ژٕج ٹونگان تہٕ وُنگان ژھانٹہِ۔

محلہٕ شربوٚ رہونہِ بچہِ لفافس تہٕ ترٛووٗکھ باتھ روم چہِ سلیبہِ

پٹھ یہِ زاۓنتھ زِتھ زرس واتہِ نہٕ آب اما دوٚہس اِ رسرِ گرتھ تہٕ
چوٗں رایہِ ءستی محلی محلس تلواس تٕلِتھ تہِ موٗ داۓ خریہِ ہو نہِ بچہِ آبس
پھٕڑ تھے ۔ بہٕ اوسس ووٚنی اۓمی ءسنٛدِس ماتمس منٛز باکھ ژھٹنٛو
یژھان مگرمےٚ گوآشنہِ ہُنٛد ودٕن ہیٚگ کٔنن ۔

تمہِ آسہٕ دوشوٚنی کور بٕن گلس پیٹھ نِرتھاوِمٕژ تہٕ اۓس ربوٚدِ
گرٕ ژِھتھ مےٚ گُن وُچھان ۔ میٚتہِ یوٚ دوَے دِل ودان اوس مگر
تِہنٛدِ موکھہٕ روٗٹ مےٚ اۓکھی تھے مردانہٕ روخ تہٕ ووٚنمس مہٕ
بانبرِ و۔ خداے کرِ سَہل ، آب ہیوٚتُن وُسن ۔اۓدِ پیٹھ ووٚتھ زٕ
ترٕ ے آنچہِ ۔

شُر بٕن دِلاسہٕ دِتھ لوٚگس بہٕ شامچہِ ژھوپہِ منٛز یتھ کتھہِ
شانکنہِ زِاۓندی یکی مکانن منٛز تہِ چھاساۓنی پاۓٹھی گرِباۓژ موجوٗد کِنہٕ
ساۓرِی چھِ دژا امتیٚ ۔ یام مےٚ عادل صاۓبنی کتھ ہِش کٔنن گیہِ ۔
مےٚ گیہِ ستھ ہِش ، عادل صاۓبس ءستی چھُنہٕ مےٚ زیٛادٕ اۓلوپلو ،
ووٚں گولڑاۓ ے یامژ کری تہِ چھُنہٕ ۔

ینہٕ پرُس عادل صاۓبن پنہٕ نِس اوٚک پوٚہرِس مکانس

دۆیم تہٕ ترٚیم پوٚہرترٚ ووتنہٕ چھُ مےٚ أنٛدری کوٚران۔ یم أسی
گوڈے ییتھ بستی منٛز بسان ہیٚ آیوس یمن پتہٕ تہٕ ہٕرٚأم زٕ
پلاٹ۔ تھدِ کنہٕ تہٕ بڈٕ شانہٕ بنایوم مکان۔ یہٕندس مکانس اوس
میانہِ کھوتہٕ کِن رژھا پست۔ مگر پرُس کھول یمو دۆیم تہٕ ترٚیم
پوٚہرتمہِ انمانہٕ زِ یہُنٛد پش کھوٚت میانہِ مکانہٕ تہِ تھوٚد۔ مےٚ
باسان زأنتھ مأنتھ کوٚرُکھ مےٚ صحنس شُہُل۔ دپھ از اوس
نہٕ کانٛہہ ملالہٕ۔ مےٚ دِژ یوٚرے عادل صأبس کریکھ۔
''رحض عادل صأب ٹھیکے چھِوٕ'' تمہٕ ووٚن در جواب
''اہن حض شُکر ٹھیکٕے چھِ۔ کیاہ چھُ باسان؟ آب چھا کھسان
کِنہٕ وسان؟
''شامہٕ پیٹھ حض ووٚتھ آنچہٕ جوراہ، دپو خدا سہلے کرِ''۔ مےٚ
ووٚنمس دلاسہٕ دِوان در جواب۔
عادل صأب ووٚتھ اورِ کتھ زِ ٹھراوان۔
''جان حض کوٚر یمو لون صأب نوٕے۔ سُلہِ گرِ
دژاے۔ وُنی کِہن تے انتظام بنہِ ہے أسی تہِ نیرہوٚ''۔

''وولہٕ حض پُشر اٰ ویو خدایس۔ وُچھو صبحس تام کیٛاہ روزن حالات''۔

میانہِ تہٕ عادل صأبنہِ کتھ باتھہِ دوران یہِ بوٗزتھ زِ آب ہیوٗتُن وُسن گٔے میانبن کوربن تہٕ ہمت ہِش تہٕ تمو نیو شمع زألتھ۔ یہٕ لوٗگُس سونچنہِ دِمنایہٕ نماز سجدا۔ دیو خدا سختی ییٚن سہل کرِ۔ یستی آم پتہٕ خیال ہرگاہ آبن روتلہٕ زور کوٗرتیلہِ کیٛاہ بنہِ؟

یہِ سوچانٕے آومٕے ڈٔہی دوٚہس لون صأبنہِ باتھ روچھ سلیبہِ پیٹھ چوٗن رائے کرن وول ہونہِ بچہِ بیٚیہٕ دید مان تہٕ مےٚ کھیوٗو بیٚیہٕ ترٛاس۔ بیٚیہٕ گوس اتھ ظونس زِلون صأبنو وِے کوٗرجان۔ سُلہٕ گرِدرائے پانٕے پکان پکان۔

عادل صأب، لون صأب تہٕ بہٕ، ترٛبشوٗے نکھہٕ ہمسایہِ بیٚلہٕ زانہہ کأنٛلی یکوٹہٕ سمکھان چھِ کلامہٕ چھُ یو ہے مدِ مقابل چُھنا وو میدوارن ہُنٛد ہیوٗ آسان۔

پرٛبتھ اکھاہ پٔنن پٔنن بجرتہٕ تھزر چُھکاوان۔ دپھ یتھ پیٹھ چھِ پتہٕ یک رائے سپدان زِسرکار طرفہٕ بناونہٕ آمژ یتھ بجہِ بستی

مٔنز آیہِ ہورٕ کی یورٕ کی بسنہٕ تہٕ یتھ گۆو گوسأنؠ توٚمُل۔ یہِ کتھ چھےٚ عموٗماً محلس مٔنز بسن وأٔلس سُلہٕ کرناوِس تام واتان یَس اوٗک پوہر مکان چھُ۔ سأنس تہٕتھِس ملاقاتس دوران چھِ سُلہِ کرناوِنؠ لڑکہِ جانہٕ تہٕ مظفر ضروٗر لفنگ یِوان قرار دِنہٕ تہٕ پتہٕ چھِ أسؠ ترٛہشوَے باڈٔن ہٕنٛدی پأٹھؠ یہِ دعاے خأرکران زِ کرتہٕ کمہِ گرِ کٔنہِ سُلہٕ کرناوؠ یہِ مکان پوہر تہٕ أسؠ گرٛشھوامہِ بلایہِ نِش آزاد۔

مبانہِ آشنہِ چھُ سُلہٕ کرناوِنؠن نچوٚبن ہٕنٛز زیٛادَے پہم پھوشان۔ اوترَے أسؠ اکہِ دوہہ ونان یہِ مظفر اٗڑ ژوٹ چھُ پہروادَن یتھ سڑکہِ پٔتھ اورٕ یور نژان آسان۔ أچھؠ تہٕ چھَس نژان آسان۔ اگر نہٕ یم یٚیمہِ محلہٕ مٔنزٕ بلایہِ دفعہ گٔے خبر اَسؠ ماپیٚیہِ نیرُن۔

ووٚنؠ اوس رأژ پۆرٕ پأٹھؠ پرتوترٛ ووُمت۔ مےٚ تُجؠ ٹارٕچ تہٕ دِژٕم نظر زِ آب یُس أدؠ أٹھِمس ہیرٕ پأوِس تام ووتُمت اوس چھارُ کتھ کِنہٕ بیٚیہِ ہَن چھُ ہیوٚر کھۄتُمت۔ مےٚ پھٔٹؠ وُسوأسی، آب باسیوم أنٹ کھٔنڈ ہُر یومُت۔ واپس کھوٚتُس تہٕ

آشنہِ وُچھم تھہر پمژ۔ مےٚ کُن نظر پیٚتھے وون تمہِ "ہے آب نسہ چھُنہٕ وسان۔ یہِ چھُ رژھ رژھ ہیٚوٚرِ ے کھسان! پننہٕ اسہِ سارِنٕے اُمس ہونہِ بچہِ سٕنزٕ ے باٗش گژھہِ"۔

مےٚ پھُٹ رنہٕ کہنٕی جواب۔ مےٚ اُس کنن زنتہِ آبس پھٕٹمژِتس ہونہِ بچہِ سٕنز چوٚن راے گژھان۔ حالانکہِ اُندی پکھی اُسی پۆرٕ ہ ژھوپہِ یوسہِ ووٚنی زیادٕ ے وحشتناک باسان اُسی۔

برُ ژزاہ گژھتھ گووما بٕن کنن ناوِ پکنکہِ انمانہٕ آیہِ شور ہیوٚ۔ پانس سٕتی سوٗنچم یہِ چھُ بس موٗن بیاکھا اکھ گھُمانہٕ۔ مگر تہٕ گرِتھ ترٕ اوم دِلس تسلہ دِنہٕ خاطرٕ ہ دریاوبنیمژِ ہ سڑکہِ کُن ٹارچ۔ پزی اُس کیٛاہتام ناوِ ہش پکان۔ میٲنہِ آشنہِ رودٕ ے نہٕ پانس تام۔ "ہے سوالہِ خدا چھُو اسہِ تہِ کڈی تو! تمہِ دِژ کربکھ"۔ ہورٕ ہ دِژ عادل صاۓبن تہٕ امی آیہِ کربکھ۔

ناو نزدیک واتتھ دِژ ناو چلاون والو لڑکو تہِ کربکھ۔ ہے عادل صاب! ہے اسلم صاب! ہے ٹھیکے چھو سا؟ اُسی ہسا سوٗزی بٕن تُہنٛدِ ی موکھہٕ۔ دوہلہِ گرٕ ی اسہِ وارِ یاہ نفر۔ وونگو بٕن

ووِن توتہٕ دِیِو پننہٕ محلہٕ بیٚا کھ نظراہ کاتھہ بیمار یا اوزرِد نفر ما آسہٕ۔ نیرِ وِتیلہٕ توٚہی؟ أسی کرٛوا کہٕ اکہٕ دوٚیہٕ دوٚیہٕ۔ اِدٕ زِ ترٛے پھیرِ پےتَن دِنی۔

ترٛیمہٕ پوٚہرچہٕ دارِ پیٹھ یہٕ سورِ ے وُچھان بوزان اوٚسُس بہٕ ووٚنی أندرٕ ہ نیبرٕ ہ آبے آب تہٕ بوٚنہٕ کنہٕ ناوہتھ پرٛاران سُلہٕ کرناوِنی نیٚچوٚی أسِم اسمانہٕ وٕتھی مِتی مَلکھ باسان۔



# شیٚچھ

ترٛ پُہرِس اتھ مکانس منٛز اوس نہٕ ووٚنی نہ ستھ گرٛھان نہ صدا۔ فرحت صأبن آس مین گیٹس أنٛدری تمہِ وِزِ چھٹھی کنی گرٕمٕژ ییٚلہِ شُر ہو پتہٕ تسنٛزِ آشینٛز دفتر دراٛمٕژ آس۔ پہرا بسترس منٛز شوٚنگِتھ روزنہٕ پتہٕ اوس ووٚنی سُہ بسترٕ سے منٛز تکیس ٕستی ڈوٗ کھ دِتھ تنہأیی تہٕ خاموشی ہنٛدِس اتھ ماحولس منٛز وارِیہن کتھن زنتہِ سننہِ لوٚگمُت۔ یہِ چھُ ازتام کہٕ بنیومُت زِ زُونا ٹھیک آسنہٕ سببہٕ چھُ سُہ گرس منٛز گُنے زوٗن روٗ دمُت۔ ازتام ہرگاہ تس پتھ ٕتر آسان تہِ آس سُہ اوس گرِ بہنہٕ بجایہِ دفتر گرٛھنے بہتر زانان۔ مگر ازآیہِ نہٕ تس ہمتھ اوستہ کیٛا ہتام ایکسپوجر ہیوٗ رمگر ازخبر کیاز

آسہٕ تس سٕمے زن پھُچمٕژ۔

تسٕنٛدِس ذٕہنس منٛز اُسی تسٕنٛزِ زندگی ہنٛدی تم ؤکتی واقعات گُنہِ ٹیلی ویژن سیریلکی پأٹھی چلان یمن دوران ہلنہٕ ڈلنہٕ باوجود سُہ بجہِ کامہِ اَنٛزراونہِ درامُت اوس تہٕ یمہٕ کامہِ تمُی اَنٛزراومٕژ آسہٕ۔ اَتھی عالمس منٛز آیہِ تسٕنٛدِس موبایل فونس کال۔ کال کرن وول اوس کمہِ تام فاینانس کمپنی پٮ۪ٹھ تہٕ اوس تس ریٹایرمنٹ پلانس منٛز انویسٹ کرٕنکی فأیدٕ سمجھاونہِ لوٚگمُت۔

دیکھئے میری طبیعت آج ناساز ہے۔

یہِ وٕنِتھ ژٕوٹ تمُی فون۔ مگر یہِ فون کال ئِتھ زن گوٚسہ پریشان ہیوٚ۔

سُہ لوٚگ سونٛچنہِ پزی رٕوٗدی ووٚنی ساڑے ترٛے ؤری ریٹایرمنٹس ژوٗزن چھُ گوٚڈے بگریومُت۔ ریٹایرمنٹہٕ پتہٕ ما آسہٕ یہٕ تِتھے گٔژی یتھ بڈِس مکانس منٛز گٔنے زٕوٗن ہُنہ مشدِ ہُنٛد جن ہیوٚ۔ پٮ۪ٹھہٕ چھےٚ واریاہ کامہِ وُنہِ اڈلیٚچہٕ۔ babyہُنٛد خاندرتہٕ چھنہٕ سہدان بٹس تہٕ چھُنہٕ کاروبار چلان۔ مکأنکی کاغذ تہِ چھِ شیرٕنی سُہ

لوٗگ پانسے ءستی نامکمل کامبن ہُنٛد فہرست بناونہٕ۔ خبراندنہٕ یمہٕ سارے کامہٕ یمن وٗرییِن منٛز مانوٗ زِ کامہٕ اندن تہٕ مگرسہٕ کیا کرِ پتہٕ وٗری ترٛ ہہ مرٕ گیہٕ صحبس نیران دفتر واتان ہم کارن ءستی منٛزی جٹا کران، منٛزی مژ کریا، منٛزی یارٕ زمنٛزی دشمنی۔ ووٗنی ییلہٕ تہٕ یہٕ سوٗرے آسہٕ تیلہٕ رٕکرشٕھ وٕپھرٕ آسہٕ زندگی۔ تٔہندِس ذٔہنس منٛز أسی سوالے سوال تہٕ پرٛ ہتھ سوال اوس تس بےٚ سوکھ کران۔

دِگرٕ ڈٔلتھ ییلہٕ تسنٛز آشینٛز تہٕ شٕری واپس گرٕ آیہٕ گرس منٛز گوٗ چُری گیُش شروع لس گیہٕ زن ستھ ہش ءستی ووٗتس چایہٕ پیٛالا تہٕ برٛ وٕنہہ گُن امہٕ ءستی تہٕ زن سنبلیوس طبیعت۔ ووٗنی کوٗرِتھی اِرادِ زِ دوہہ تنہائی منٛز گزأرِتھ نیرِ سہٕ نکھے روزان دوستس سراج الدینس نِش تہٕ دربار گرِتھ موردوہس ہوپ دوپھ گرِتھ روزنہ کھٔرٕ مٕژ ٹبٹھ۔ سراج الدین چھُ ٹریڈ یونین لیڈر تہٕ تٔہنزِ تنظیمہٕ چھ وٗری جوراہ ییمہٕ کتھہٕ باپتھ لڈان واتی ءتی زِ سرکاری ملأزمن ہنٛز ریٹایرمنٹ وأنس گرٕشھہٕ زٕوٗری ہُر راونہٕ تیٖنی۔ ازدوہلہٕ چھ تنہائی ءستی أس فرحت صأبس امہٕ مطأبق اہمیتھ بیٚیہٕ ہن فکر

ترٕمژ تہٕ اوے اوس تس باسان زِ سُہ کرِ از سراج الدینس ہیتی أنھی معاملس پیٹھ کتھا باتھ۔

فرحت صأب تیتھے سراج الدینس نِش ژاوسہ وُچھن آنگنس پننِس درٕمنہِ منزٕ کیچھ گلی کڈان۔ فرحتس باسیوو دربار کرنچ ٹنٹھ مرنہٕ پیتہٕ تہِ یہِ تاون زد چھُ ڈیوٹی پیٹھ یتھ تہِ باغوانی کرنہِ بیوٗٹھمُت۔

سراج الدینن تیتھے سُہ اژان وُچھ تُمی دِژِس کرٕکھ أنِو جناب ہُتین ورنڈا پیٹھہٕ کُرسی تُلتھ تہٕ بہوتام سائنس باغس منزٕ مے لگن بس پانژھ منٹ۔ فرحت صأبن أنی ورنڈا پیٹھہٕ کرسی تہٕ بیوٗٹھ سراج الدینس سیٖدِ سیوٗد باغس منزٕ۔

سراج الدین اوس مزٕ سان درٕمنہِ منزٕ ہُر یمانہٕ گاسہٕ گلی کڈِتھ نِوان تہٕ فرحت صأب اوس تس وُچھِتھ پانسے ہیتی سونچان۔

مے کوٗرنہٕ زانہہ یتھ باغوانی کُن تہِ ریٹایرمینٹہٕ پتہٕ ہیکہِ انسان رِتی پأٹھی اتھ ہیتی کینہہ وق گزأرِتھ۔ تیتھے کُنی ہرگاہ

خدایہٕ ھہِ شُر بن ہندی شری آسن تمن ستی گیٛند ناگیہِ بیٛا کھ سرگرمی۔ وُنیٛستاہِ چ عمر گُذ آرٹاسن تہٕ ٹسنن منز یادِ خوداتہِ ماکوٚر زانٛہہ جان گواور گُن تہِ گرِژھُن ادِ بنیو وتیلہِ ریٹایرمنٹ پلان۔

فرحت صأب اوس أتھی سوچس ستی زِ تہِندِس موبایلس گوٚبیٛہِ کیٛاہ تام ٹیوں ٹیوں "رِٹن یہ آسہِ بیٛہٕ کانٛہہ فون کمپنی یامٲلی کمپنی خبر کیٛا پروڈکٹ یا پلان کنان ژکہِ سورے تہٕ تھ یمن پننہِ نفسیچ ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ" پانسے ستی یمہٕ کتھہٕ دٲیران دِژٕ تمی موبایل فون چندہٕ منزٕ نبر کڈِتھ اتھ نظرِ تہٕ SMS پٔرِتھ ژول تس بےٚ شونکی پأٹھی نیرِتھ۔ اِنَّ لِلّٰہ وَاِنَّا اِلَیْہِ رَاجِعُوْن۔

تتھُے یہِ آواز سراج الدینٛن کنن تام وٲژ سہٕ زن گو رٕہتھ ہیوٚ۔ ربوٚدِ ہیوٚ گرٕ ہتھ آو فرحت صأبس نِش تہٕ پرٕژھنس کیٛا ساخأرِ ے چھا؟

آخأرِ ے چھُ۔ سہٕ گلشن صأب اوسہ یُس میانہِ پرٛانہِ دفترٕ مےٚ ستی کأم کران اوس سُے چھُ وُنی وُنی گُذریوٚمُت "واے بچارٕ اوس بڈ سوشل سبٹھاہ رُت اوس۔ خبر

بۆ زِتھ وۆن سراج الدینن اظہار افسوس کران۔

وۄنی گو فرحت صائبس زن وۆژھنہٕ یہِ کتھ ہٹہِ تہٕ گرِتھ وۆن تمۍ کتھ زٕ ٹھراوان۔

دُنیاہ چھُ پتو بے وفا وُلٕہ دود دِیُتنس دأرِتھ اِدٕ چھ تہِ دراس نہٕ۔

''بچارٕ دہ ہے رٕۆد مشکلن ستۍ جنگان زانہہ وُچھن نہٕ سوکھ یہِ وۆن سراج الدینن تہٕ فرحت صائبن گلہٕ نو وکلہٕ تہٕ امہِ پتہٕ أسی دۄ شوے وار یہس کالس ژھوپہٕ گرِتھ۔ وۄنی گو فرحت صأب اوس أندری سونچان۔

أمِس گلشنس اوس میون دہ ہے ازرُون یۆ تام پلیوس تۆ تام زٕ جنم زنگہٕ۔ مگر بنہِ کتہِ انسان بدأسی تن یارد۔ سہٕ اوس أتھی کھنس زِ سراج الدین پرٕ ژھس فرحت صأب جنازس گرژھو خبر مقبر کتہِ چھُکھ۔

یمن ہسا چھُ وار یاہ دۆر مقبرٕ پٮ۪ٹھہٕ چھُ وُنی کین بے گاہ وقت حالاتھ تہِ چھِ اۆری نتہٕ یۆری۔

فرحت صأبنہِ امہِ کلامہٕ ستی اوس سیوٚ دباس لگان تس چھُنہٕ جنازس گژھنس کانٛہہ غرضا۔ مگر سراج الدین ووٚتھس توتہِ۔

تلہٕ سایہ گٔمی اوسٕ ژٕ ے SMS کوٚرمُت۔ تٕسی پرٛژھو کالے ٹلنسہٕ رِکنہٕ صبجس۔

چارونا چار کوٚڈ فرحت صأبن ووٚنی بیٚیہِ چندٕ منٛزٕ موبایل فون تہٕ وُچھُن وارِ زِ SMS گمی اوس سوٚزمُت۔ ناووٚ چھتھے اوس نہٕ تس من یژھان کال کرُن تہِ کیا زِ شیٚچھ کرن وول تہِ اوس تٔہندی رِکنی تس زنگہٕ زلن والو منٛزٕ ے اما سراج الدینس یژھ کتھ وٕنٕی اوس نہٕ موزون۔ اوے نیوٚ تٔمی بے دلی سان فون رلأوِتھ۔

ہاں مظفر صأب السلام علیکم ہے یارٕ پھرٛ ٹہٕ دِمے گوٗمِس گلشن صأبس سخت چھُم پھیران۔

اہن حض کوٚ تاہ نیک اوس نیکنٕے چھنالا ریہِ ووٚن فون ٹلُن وألی مظفر صأبن۔

فرحت صأبس ویوٚپ نہٕ یتہِ کینٛہہ اوے ووٚنُن یورٕ یتے بنہِ کتہِ ساانسان بدأسی یارد۔ یہِ وٕنتم کالے کرنسہٕ دفن۔

نحض صبحن نوِ بجہِ چھُ جنازٕ۔ یہِ وۄن مظفر صأبن

در جواب۔

اِدِ سا بہہ خو دالیس حوالہٕ تیلہِ سمکھو صبحس انشاءاللہ۔

کیاہ ونان جنازُک سراج الدینن پرٛژھ وۄنی بیٛیہِ فرحت

صأبس۔

دپان ہسا کالہٕ نہٕ کینٛہہ پگاہ صبحس نوِ بجہِ۔

"تیلہِ کیاہ سۄنچِتھ صبحس گرٛژھو جنازس" سراج الدینن پرٛژھ

بیٛیہِ۔

فرحت صأبن ژٕہتہٕ رووو وۄنی چھُنہٕ گرٛژھنس چارے اوے

وۄتھ سُہ در جواب۔

جأیز چھُ گرٛژھُن ۂ نو بہٕ یِما توہہِ کٔنی کنہٕ توٚہی ییو مےٚ کٔنی۔

ییہ تو توٚہی صبحس أٹھہِ بجہِ گأڑہِتھ ییأری۔ یہِ وۄن سراج

الدینن۔

فرحت صأب اوس وۄنی پانسے ہتی سونچان زِلتس نے

دربار کرنچ کلِ اورواتناوِ ہے سُہ ہیکہِ ہے کنہٕ ڈول تہٕ دِتھ۔

بہر حال ہیوٚت تمۍ سراج الدینس مزید گنہٕ کتھہٕ ورأے

اجازت تہٕ ووت گرٕ مگر سہٕ اوس اۄ ری نتہٕ یۄ ری باسان۔

آشنہٕ بیٚلہٕ سہٕ پریشان ہیوٚ وُچھ تمہٕ پرٛ ژھُس خاںٕرے

چھُیا طبیعت گوٚ ے رژھا بہتر تتھے ہیوٚ کیاہ زِ پچھکھ۔

رِکھنی نسا صجس چھُم سُلی اۄ ری نیرُن تعزیتس چھُ گژھُن۔

کیاہ گوم کیاہ گوم بوٚ زتھٕ اورٕ کاتہہ کو شیچھ۔ آشنہٕ پرٛ ژھُس

وُتاولی سان۔

نسا پرواے چھُنہٕ رشتہٕ منٛزٕ نہ کاتہہ ووٚنی گو پرٛانہٕ دفترک

کولیگ اکھ سہٕ ہسا گلشن صاب ژٕیے تے تمہٕ دوہہ وُچھتھن

تتھ فنکشنہٕ منٛز سٕے گُذریوو۔

لَس کیاہ گو آشنہٕ پرٛ ژھُس حأرأنی سان۔

وُلٹہٕ دود ہسا اوُسس۔ خدأیٕ چھِن از چھا پے لگان

یوٚ تام انسان موکلان چھُ۔

فرحت صائبس آیہٕ نہٕ کالہٕ ژیرٕ تام نندٕ رگرا اوُسس تہٕ

سوُرے یاد پیوان یہٕ تنہائی منٛز أزی کس دوہس سوٚ رُمت

اوسن تہٕ گرا اوٗسس گلشن صأب یاد پیوان تہٕ تس ستی پننین تعلقاتن ہُند ژٕھر۔

أچھی تٔلی اوس نہٕ یہِ گلشن یِوان۔ یُہے گٔژھ ہنا اوس باسان۔ سارنےٚ ستی اوس اسہِ نہٕ ہونٛجہِ کلامہٕ کران مگر اوس مٔدرمتقراض میٚتہِ اوس برٛونٹھہٕ کنہِ سخت مایہِ ہاوان مگر پۆت پۆت پیٚتین تہِ موقعہ اوٗسس یِوان وگواوسم ژٹان۔ مےٚ اوسس نہٕ زانہہ کانہہ ددارِ واتنومُت۔ دپھ تسٔی اوس تمہِ دوہہ پٔٹھٕ میون کٔٹیل۔ تمی دوہہ پٔٹھٕ یٚمہِ دوہہ بہٕ تتھ یونٹس منٛز ٹرانسفر گٔیوس۔ یتھ یونٹس منٛز سُہ توٚتن تامتھ سیکنڈان کمانڈ اوس۔ میون قصور اوس شایدیِ زِ میٲنہِ تتہِ جوین کرنہٕ اوٗسس بہٕ یونٹس منٛز سیکنڈان کمانڈ بنیومُت تہٕ سُہ اوس ووٚنی نمبر ترٛیےٚ رٔو دمُت۔ ہٕکرٛشاہ تہٕ کیٛاہ کیٛاہ بدگمأنی اوس میٲنی پھألاوان ہیرِ مبن نِش کتھٕ گٔنی اوس وتشاوان بۆنی مبن مےٚ خلاف۔ تمہِ دوہہ زن تہِ مویوس مول یٔیلہِ بہٕ سبکشن ہیڈ بنیوس۔ مےٚ کوٚرمس ہیڈ بٔنتھ تہِ دوہے عزتھ فأیدٕ تہِ واتنوومس مگر تس ژۄل نہٕ أندری کٔٹیل دپان میٲنہِ تتہِ نیرنہٕ

پتہٕ اوس وۄہی تباہی آسان وۄنان مےٚ متعلق۔ ووٚنۍ أسِس
ۆری پأنٛشہٕ گمژ رٹایر گمتِس۔ مگر توتہٕ اوس آسان تتھۍ یوٗنٹس منٛز
دیان رٹأرگرٕھنٛچ خبر تہٕ أسِن ژۆری تھاوِمژ۔ سکشن والین
اوٗسن فیرویل دِنس تہٕ اخبارس منٛز رٹأرگرٕھنٛچ خبر دِنس ٹھاکھ
کۆرمُت۔ دۄ پمُت اوسنکھ شُری ھسا چھِم لوٕکٹ واریاہ کامہِ چھِم
اڈٕلیچہِ تہٕ امہِ خبرِ ستۍ وانتھِ یِمن کامین اندبۆ ردنس ددارٕ۔ اما تمۍ
آسِہن ووٚنۍ تمہٕ سارے اڈلیچہِ کامہِ یِمن ۆرۍ ین منٛز أنٛزراوِمژٕ
۔امہِ ستۍ آسہ فرحت صأبس تمہٕ پننہِ اڈٕلیچہِ کامہِ تہٕ یاد پیمژٕ یِمن
متعلق سُہ دۄہلہِ سونچان اوس۔ لرِ پھرن اتھہٕ وار دِوان اوس سُہ
یتہِ سونچنہِ لۆگمُت زِ ازتام آسیا کانٛہہ نفر تیٚتھ یس تمہٕ سارے
کامہِ اندیمژٕ آسن یِم أنٛزراونٕچ تس یژھ أسِس سُہ اوس یتہِ سونچنہِ
لۆگمُت زِ سُہ تھاونہٕ رِٹایرگرٕھنٛچ خبر ہرگز ژۆرِ۔ گوڈٕ چھا خبر سُہ
روزیا رٹأرگرٕچھنس تام زنٛدٕ۔ زنٛدٕ روزُن ماچھُہ پانس تام ووٚنۍ
ییٚلہِ نہٕ زیوٚن تہٕ مرُن پانس تام چھُ تیلہِ کیاہ برٕہم تھاوُن زِ کامہِ
أنٛزراوِ انسان پانے۔ أمِس آسہِ ناووٚنۍ سارِوے بۆزمُت زِیہِ

اوس پاںٛژھ ۄری بڑٕ وٕنہہ رٹاںٛر گۆمُت۔

سُہ تہٕ سراج الدین ییٚلہِ مقبرس پیٹھ وأتی مقبرک احاطہٕ اوس لۄکوٕ ہتی برِتھ۔ جنازٕ اوس سپُد مُت وۄنی اوس فاتحہ شروع گژھنے لۄکھ آسی ڈفرن منزٕ اکھأ کِس ہتی کتھ کران موضوع اوس مرن وول شخص تسُند خام عیال تہٕ دنی ہچ ناپایدأری۔

سراج الدینس فرحت صأبس لرِ اوس گلشن صأبنہ موبٕچ تمن SMS ذٕری یہِ شیٚچھ کرن وول مظفر صأب تہِ۔

تس لرِ اوس بیٹھا کھ صاحبا یُس مظفر صأبس پرٛژھان اوس۔

مےٚ نسا آس پےیہِ گلشن صأب چھُ پاںٛژھ ۄری بڑٕ وٕنہہ رٹاںٛر گۆمُت نہ وۄن أمی زانہہ تہٕ نہ توہہِ أمِس ہتی کأم کرن والیو۔

وۄنی آس امام صأبن تلاوت شروع کٔرمٕژ۔ یمن آیاتن منز آسی خوداے سُنز کبریأیی موتک اٹل آسُن تہٕ مطمین نفسن دنہٕ آمٕژ رٕژ بشارت بیان سپدان۔

تس ژۆل بےٚ شۆنکی پأٹھی نیرِ تھ۔

پروردگار یُتھنہٕ مےٚ رٹاأر گژھنچ خبر ژۆرِ تھاونس پٹھ واتناوکھ۔ مظفر صأبن ترٛ اأو تس یہِ بۆزِتھ دولہٕ نظرتہٕ سراج الدین تہِ اوس حأرأنی سان تسی کُن وچھان۔



# شِشُر

دُپہر ڈٔلتھ تہٕ اوس نب اؤبرٕ ؤلتھ تہٕ چِلے کلانٛچ ژھٹھ اَس زن تہٕ ترٕتھ گرٛژھان۔

بنسی لال اوس کنہٕ ٹوپہٕ دِتھ تہٕ ہٕٹس اوٗسس مفلر ؤلتھ ییمہِ ستۍ کن تہٕ ؤلتھ اَسن تھاوِ ہٕتر۔ سُہ اوس گرِ وُنی درٛ امُت، یتھ زِ زنگن واش ہیوٗ کڈِتہٕ بتھہِ پیوس ولی بٹن گلہٕ۔

کیٛا سا بنسی لال تو ہی تہٕ ترِونا یو ہس جوٗم، ہتا یارٕ تو تہٕ اَسو ییمن شِشر ماسہٕ کٲبن دوٚہن گرم پتھر گرٛژھتھ پان وُشناوان۔ مےٚ ہرگاہ تہٕنٛدی پاٗٹھی جوٗمہِ ڈیرٕ آسہِ ہے بہٕ آسہٕ ہا کرتام توٗرمُت ییمہِ ترِ مظہرِ نشہِ بچنہٕ موکھہٕ!

گلن کلام بوٗزِتھ تہٕ وۄن نہٕ بنسی لالن تس کینٛہہ جواب۔ تِکیاز بنسی لالس اوس ازکل گرِ کیوٗپرِ یوٚہ ہے سوال بُتھہِ۔ اٗمۍ سوالن اٗس تس آشینٛزٕ تہٕ روشناوۍ مٔژ۔ سُہ اوس کیاہتام سوٗنچان زِ اورٕ آوسلام ڈاکہٕ وول تہٕ پلناوٕنس ژٕھٹھۍ۔

بنسی لالن دِژ گوڈٕ چِٹھہِ ہٕنٛدِس لفافس وارٕ نظر زِ آمٕژ کتہِ پٮ۪ٹھہٕ چھےٚ۔ پتہٕ آس اُسن ہیوٗ تہٕ نٮ۪ن مُژراوِتھ۔ پران پران تہٕ اوس زن پانٕسے ستۍ اسان، زنتہِ اوٚسُس چلیے کلانچہٕ اتھ ژھٹہٕ منٛز جومہِ کہِ تاپِک وُشنیر موحسوس سپدان۔ مگر تو تہِ غوطن ہیوٗ گوٚمُت۔

ہرگاہ رانی پےٚ لگہِ زِمےٚ چھُ مائیگرنٹن ہٕنٛدِ واپسی متعلق کانفرنسہِ منٛز شرکتُک دعوت نامہٕ ووتمُت سوٗگنٛڈٕ وُنۍ جوٗم نیرنہٕ باپتھ لٹہٕ پٹہٕ پتہٕ اگر یہِ تہِ بوزِ زِ کانفرنسہِ وٲلۍ دِن مےٚ تہٕ میانہِ آشنہِ اورٕ یور ہوٲیی ٹِکٹ تہٕ تیٚلہِ چھنہٕ کُتھے۔ مگر سوال چھُ رنگوٗہُن تس چھُ جوٗمیُک ناو بوٗزی تھے بتھس موتہٕ رنٛگ پھیران۔ جان گوٚیہ چِٹھۍ رتہِ دباوٕنۍ تہٕ کانٛسہِ نہٕ کینٛہہ وُنُن۔

واپس گرِ أ ژِتھ اوس بنسی لالس پان لۆری نتہٕ یۆرِ باسان۔ تِمی تھاوۍ جوٗمہِ پیٹھہٕ واۍ ژمژ چِٹھی لاکرس منز کوٹھہٕ کِس اَنٛدرِ مس چنٛدس منز تِتھہٕ کِنی دباوِتھ یِتھ رانی اتھ پیٹھ نظر پیِٚہ نہٕ۔

امارالتس ییلہِ رانی سخت ژاس آیہ نکس تہِ تپہٕ ستی ووسہٕ راتھ گیِہ بنسی لالس تہِ آیہ نہٕ ننٛدر۔ سونچنہِ لۆگ اپزٕ چھنہٕ رانی ژکھ۔

یِتھ ٹرِ گٹکارس منز چھس پزی ییتہِ سختی۔ نۆگ تہِ چھنہٕ ٹھیک روزان۔ ماتاجی تہِ چھے أنہرِ ہارے یمن سارنے ییِہ ہے یمن ایامن جوٗمہِ آرام مگر رنکو چھُ جوٗمیگ ناو بوٗزی تھے کانپنان۔

رنکوہُن خیال یِوانے کوٗ تِمی پانس ستی بیِٚہ قصد زِسہ ونہِ نہٕ اتھ چِٹھہٕ متعلق رانی تہٕ نہ گرِ کہن باتِے باژن۔ تہٕ نہ بدلاوِ جوٗم نہ گرژھنگ پتُن فأصلہٕ۔

کوکرن تِتھے بانگ دِژ رانی وۆژھ اِرسرِ کران بِسترِ منزٕ۔ اما بسترِ منزٕ نیری تھے توٗگ نس بوزُن زِ ٹرِ گٹہٕ کار چھُ زنتہِ زیادے تیز یومُت۔ گیران گیران ژایہِ سوسرانہٕ کُٹھ تہٕ

اورٕ نیرِ تھ لُج چولس منز چاے بناونہٕ ۔ گیسہٕ دانس نکھہٕ دارِ تڑیو ہَکنی آسہٕ ترٕ ہولہ یوان۔ ووٚنی اوس گاش یُن ہیوٚ تمُت۔ یتھے رانی دارِ ہنٛد شیشہٕ ہَکنی نبر کُن نظر پیِیہٕ تس باسیہٕ شِنہٕ مُہی چھِ پران امہٕ ستی کھٔرِ تس وارے ترٕ تہٕ ڈیکچہ دڑٕ ہہ تہٕ ہُریس تہٕ سوٚ لُج پانسے ستی دٲرنہٕ۔

"وارے ووٚنی گوٚ ژھنہٕ بوٚڈ شیشہٕ کھونڈ پیون۔ جوٚمی وَتھ تہٕ گرِ ژھہٕ بند۔ دوٚہہ وادن چھنہٕ پتہٕ جہازتہٕ ووتھان۔ دپھ لُج کوٚٹھ تاونس۔ یتھ چلِے کلانس منز نیرنم ییتہٕ زچہٕ۔ کھورن چھُم گوٚڈے شُہہ گوٚمُت، اتھہٕ بُتھ چھُم پھوٚٹمُت۔ نِکہٕ تہٕ چھُم نہٕ اۆ رروزان۔ پانس وأتم پیتی دوٚہہ ژاس۔ سأنی یِم مسلمان ہمسایے یِم نہٕ زانٛہہ کشیرِ نبر گژھان آسی یِم تہٕ چھِ اکہٕ نتہٕ بیکہٕ بہانہٕ یتھ ترِ گنٛڈ کارس منز نبر گژھان۔ عیٖلی وأنی مصر تہٕ راجہٕ تہٕ درایہٕ راتھ اجمیر شریف مگر بہٕ لُجس تاونس۔ اسہٕ بٹن ہُنٛد سوٚرے قبیلہٕ چھُ ووٚنی جوٚمہٕ یا بٔیِن شہرن منز روزان۔ سأنی پأٹھی ہے کُنہٕ کانٛہہ گراَ کشیرِ روٚ دمُت تہٕ چھُ تم چھِ وٕندس اگن

أشناون ہِنش جوٚم تران۔ بہٕ ینہٕ یتھ گرس باگہِ آلیس تنہٕ أسی أسی تہِ پژٕ بتھ ؤری یہٕ ششر ماسہٕ کٔمن یمن دوہن جوٚم تران مگر کرِ کیٚا بر تھٕہس چھم یُہس پوٚرِ ہوڈ زَن آمژ، کتھے چھٔنہٕ کرنہٕ دِوان جوٚم ترٕنچ۔

دوردراز پرگنہٕ کِس اتھ گامس منٛز وولہٕ ہرشہِ ہٕنژن ترٹن تہٕ گٹن منٛز پٔنی پنجہِ پرنہِ پٹھ سکوٗنت کرن والہِ امہٕ کٔنی بٹہٕ گرِ کٔمن بأژن ہنٛدِ خاطرِ اوس نہٕ ششر ماسک ترِ گٹہٕ کارکانہہ نٔو کتھا۔ وونٛی گووونٛی اوس یمن پتی موٚ پانژ وشیوٗ ؤری یو پٹھہٕ معمول یی زِ چلے کلانہٕ بڑ وٕنٹھے أسی یم جوٚم تران تہٕ وَندِ سوٗرِ تھ أسی واپس یِوان۔

ترِ ہِنشہِ بچنہٕ علاوٕ تہِ أسی گرِ کِس پژٕ بتھ بأژس وکھرِ وکھرٕ وجھو جوٚم گرژہنٛچ کل آسان۔ ممی جی چونہِ اوس نہٕ تیوٚت مژٕ تاپہٕ ورشنہِ ستی سوسریژن أڈی جن نوٚ وزٕ واژنہٕ یِوان یوٚت تس تمہِ وِزِ یِوان اوس ییٚلہِ جوٚمہِ زأنی کار تہٕ انگ أشناو حالہٕ کٔمن ؤری ین منٛز ترٹن تہٕ گٹن منٛز بالغ کورِ ہتھ کٔشیرِ منٛز روزنہٕ کِس تسنٛدِس فائصلس تأریف کران أسی۔ حالانکہ تس کتھ مشہِ

زِ غولابس خاندر کرنس تام اَسی یے لۆکھ کیمپن تۂ ڈیرن پٹھ تس ٹاوس تلان تۂ تِتہٕ ونان زِ کتھے چھنہٕ۔

چونہِ چھُ کالک بتہٕ یاد زِ ترٛٹن گٹن ہنٛدِ بن تِمن ایامن منٛز ییلہِ پربتہٕ جوٗنٛ بلہٕ کانٛہ تہٕ شامہِ رانہٕ ہنٛدی ژٕلی تسنٛد خاندار موتی لال تہِ وچھلیوو۔ تِمۍ تہِ اوٗن نہٕ ییتہٕ روزنس تاب۔ چونی ییلہِ نہٕ کور ہتھ جوٗم ترٛن موٗنس سُہ دراوتس ترٛ اَوِتھ تہٕ ووت پیٹرن نِش جوٗم۔ مگر پننو تہٕ پردو ییلہِ چونہِ متعلق ہیڈن بریڈن جاٗری تھووتس کھیوٗ و زُون ٹاس۔ اَنٛدری گوس سنہٕ تہٕ چونہِ پیوٗ و گامہٕ برادری روخصت ہتھ کورِ ہتھ جوٗم ترٛن۔ مگر تِمن گُن وُچھِتھ یِتھہٕ کنٛہ پننٛی کیو پرٕ دی ٹسنہٕ کران اَسی تِمن آونہٕ اَکِس دوٗن وٗری ین اتہِ روٗزِتھ کانٛہہ وارو ہستارتہٕ چونٛی آیہِ موتی لالس سان سوٗرے عیال ہتھ پنُن گام واپس۔

پتہٕ ترٛ نہٕ چونٛی وارےہن وٗری ین جوٗم یوٗ تام تمہِ کنٛسہِ ہشہِ کورِ غولابس پانسے ہوس اَکِس بٹہٕ گرس منٛز ورملہِ خاندر کوٗر۔ نفسانفسی ہنٛدِس تتھ ششر ماسس منٛزاوس گامہٕ چہِ مسلمان

برادری غولابن خاندر ؽتی پأڈھی کرنس منز پۆؠ اتھ واس کۆرمُت تہٕ یہٕ خبر اُسی بے پرسائنی تہٕ بے پڑھی ہٕنٛدِس تتھ عالمس منز زنتہٕ یونہٕ سونتُک اِنہار تہٕ اظہار بنیمژ۔ پتہٕ اُس غولابس اکھا اَکس پتہٕ زِلکی زاءمتی تہٕ بۆڈ اکھ رنکواوس غولابنہٕ بچہٕ بینہٕ ننسی منگتہٕ رۆٹمُت۔

ترٛٹن تہٕ گٹن ہٕنٛدِس تتھ زمانس اُسی نہٕ چونٛی ننسی خاطرٕ ورٕ ژھانٛڈتھ ہیچمژ۔ امیُک اوس تس تلہٕ کرٛۆژھ مگر یتھ کتھہِ پٹھ اُس خوش زِ غولابنس خاندارس ینہٕ ترقی میچمژ اُس تہٕ جۆمہِ پوسٹنگ سپز مژ اُس تنہٕ اُس سوعیال ہتھ ووٚنی باحشمت جۆم تران۔ از ییٚلہِ ووٚنی واریاہ بٹہٕ رہتہٕ کالہِ کٔشیرٕ تران اُسی تہٕ مایگریٹن ہنٛزِ واپسی پٹھ بحث چلان اوس۔ چونٛی اُس اَندری خوش گرژھان زِ تمہِ اوس تتھ مشکل وقتس منز رُت فأصلہٕ کۆرمُت۔ ازکل ییٚلہِ جۆمہِ زأنی کارن تہٕ رشتہٕ دارن ہنٛز کُنہِ محفلہِ منز یہنٛز کتھ ووتھان اُس وَنن وألی اَسِس ونان:

''نبی جان کۆرُتھ! أمِس موتی لالس آو پننہِ آرپٹھٕ ژُھیک

آورِنی بل باگۍ۔ ننۍ وُچھتۍ پڑ تھ جوبابِ کاک تۍ تِتھۍ کتی کاک
گئیہِ یوٚ ہے آمتا وہتھ زِپٔنٛن آورِنی بل آونۍ باگۍ۔ دویو منٛز
کوٚرتھ اَکس کورِ خاندر پنٛنسے کأشرس سماجس منٛز۔ بنسی لالس تۍ
میج نوکری پنٛنسے گامہ کِس سکولس منٛز۔ اِدِ ٹیوشن تِ چھِ جان کران
۔پٔنٛن زمین جایداد بچاونۍ علاوٕ ہیوٚتُن پیٹرن ہُنٛد تِ اوٚ ڈملیٚ''۔

یہِ بوٚزِتھ چھےٚ چونِ بوٚ کہِ ہُنان تۍ تِمن چھوکن مہلامۍ
بنان یِم یِموٕ ے لوٚکوتر ٹن تۍ گٹن ہنٛد بن تِمن دوہن ذرکوتۍ
پاموٕستی دِتی مٔتی اَسس۔ تس چھےٚ امی سنبۍ وندس جوٚم ترٛنٛچ کل
روزان۔

رانی چھےٚ انگن اَشناوِن وبسن سٔدرن ستی دربارٕچ کل
آسان تۍ بنسی بینہِ تۍ ییمس سمکھنٛچ۔

پرٛس تام اَس رنکوہس تۍ بأیس ستی گنٛدِ باشہِ کرٛنٛچ تِ
غولابس ستی وق گذارنٛچ (یس سٕہ ماسی ممی وِنان چھُ) کل
روزان۔

چاے شٹِس پٔتھ بہتھ بنسی لالس اوس پرٛسُک منظر

دیدمان۔

پرُس تہٕ اَسی تِم ساری وندس جۄم ترٛیٚ ٲسۍ تہٕ چِلے کلاٹکی دوہہ ٲسِکھ اتہٕ مٔزسان تاپہٕ ورشنس منٛز یکوٹہٕ گنذارۍ ٲسۍ۔ بنسی لال تہٕ تسنٛز آشیٖنۍ رانی اَس فرورییس منٛزٕ واپس آمٕتۍ۔ چونی ہنسی تہٕ رنکو اَس مارچس تام جۄمہِ۔

تِمنے دوہن منٛز اَس اکہِ دوہہ بنسی لالس غولائٕنۍ کال آمٕژ زٕرنکو اوس نہٕ صحیح پٔٹھہٕ نۄنُے۔ سُہ اوس صحٲے بازر کیاہتام انہِ وڑا اُمُت تہٕ اورٕ اوس نہٕ دِگر تام تہِ پۄت پھیرِتھ آمُت۔

شام تام اَس یہِ خبر جۄمہِ کٔین تمام زانٛنی کارن تہٕ رشتہٕ دارن منٛز پھہلیمٕژ تہٕ کشیٖرِ منٛز اتھ سارے ہٕے گامس۔ جۄمہِ اَس غولابہٕ تسُنٛد خاندار جواہر لال، ہنسی تہٕ چونی وچھ ژیٹان تہٕ وُٹھ فیشان تہٕ کشیٖرِ منٛز اوس بنسی لال تہٕ رانی تہِ حیران تہٕ پریشان۔

راتس اَس نہٕ کانٛسہِ اَچھ پٔٹھ اَچھ تہِ گمٕژ۔

سحرٕ وقتس اَس بنسی لالس زف کھنڈ گامٕژ۔ امی وِزِ اَس تمۍ دوہٹھ ہِش کڈمٕژ تہٕ رانی بڈِ آلو دِیُتمٕت۔

رانی أس لتس نکھہِ گرٛھتھ پرٛژھنہِ لٔگمٕژ۔ خاٗرِ ے چھُیہِ۔
ووٗھ کیاژِ کڈٕتھ۔

تٔمۍ اوٗسس درجواب وۄنمُت:

مےٚ باسان رِنکوٗیِہِ وارٕ کارٕ۔ اِدٕ جان ہے گو۔ مگر ژےٚ کیاژِ
کڈٕتھ ووٗھ۔ آشنہِ اوٗسس پرٛژھمُت۔ تٔمۍ اوٗسس درجواب
وۄنمُت۔

''رانی ترٛٹن تہٕ گٹن ہٕنٛدِس وقتس منٛز ییٚلہِ ییٚلہِ مےٚ
ہمتھ کم گیہِ بہٕ رۄدُس سعد صأبُن گرٛھان تہٕ سلاما کٔرِتھ لتس
عرض کران۔

''بب حوالہِ چھِی أسی سأری''۔

راتھ رِنکوٗنہِ لاپتہ گرٛژھنٕچ خبر بوٗزِتھ تہٕ اوٗسس بہٕ
سعد صأبس سلامہِ گومُت تہٕ عرضی أسمس کرٕمٕژ۔
بب میأنِس رِنکو پٔترس گٔری زِ رأچھی یِتھہٕ کٔنٛی اسہِ ترٛٹن تہٕ
گٹن منٛز رأچھ کٔرِتھ۔

اِدٕ یِتھےٚ مےٚ زوٗلہِ گیہِ سُےٚ صاحب زن آم سپنس منٛز زرق

برق لباس لأ ٚگتھ نورأنی بُتھ۔ دۆپُن پرواے چھُنہٕ کینٛہہ زٕ ہتھ لأوی کری زِ نیاز"۔

آشنہِ اوس تس دلاسہٕ دیٛتھمُت اِدٕ یہِ گوز بر رنکوآسہِ ٹھیکھ پأٹھی۔

تمی اوس تس پرٛژھمُت زِ لأوی زٕ ہتھ ٚکتھٕ کٔنی کرو نیاز۔

تمی اوسُس دۆپمُت گاش یتھ گرٛژھ علی صائبس نِش سُے وٕنی نیاز ٚکتھٕ کٔنی کرو۔

پتہٕ اوس تمی دوہہ کاہ بجے ہیوٚ بنسی لالس دِلہِ پیٛٹھٕ رنکوسُنٛد فون آمُت۔

رنکواوس تھاہر یومُت تہٕ ونان اوس ماماجی بہٕ چھُس دِلہِ منٛز کمہِ تام ایس ٹی ڈی وانہٕ پیٛٹھہٕ۔ بہٕ اوسُس راتھ جوٚمہِ سٕڑکہِ پیٛٹھ کُستام نفرآوتہٕ لۆگُم ایڈرس پرٛژھنہِ۔ أتھی ءستی کھولنس کوٚم گٔرِتھ وینہِ منٛز تہٕ دیتھم مُشک ہیوٚ۔ وینہِ منٛز آسی گوڈے ترٛےٚ بچہِ تِمن تہِ اوسُے نہٕ حِسس ہوش میٛتہِ لوگ بے حِسس۔ گاڑِ منٛز موجود نفرأسی اکھأ ٚکس ونان ژۆشوٕنی نیرن سالِڈ کِڈنی۔ پھیر

رۄد کامیاب۔

راتس رۄد پکان۔ وۄنی اوس صبحس سخت ٹریفک جام
کیاہ تام چیکنگ ہش زَن لگِج۔ ڈرائیورتہٕ دۄشوے ہتی وٲلی نفر
ؤتھی نظر دِنہٕ یوان۔ یہ تہٕ ژۄلُس ژۄر ژۄرِ کُنی کھر یکہِ تہٕ ژاس
ایس ٹی ڈی بوتھس پیٹھ۔ اسہِ اَسی نا دِلہِ تم رشتہٕ دار کانژھا اگر
تمہٕ وے منز یِیہِ ہے مے نِیہِ ہے گرٕ۔ مے چھُ دم زَن گومُت۔
بنسی لالن اوس اَشناوِن فون کۄرمُت تِمی اوس سعد صأبنہِ
تِتھے کُنی نیاز تر وومُت یِتھہٕ کُنی علی صأبن وۄنمُت اوسُس۔ رنکو
اوس پتہٕ کِمے دۄہہ گرٕ ہتھ گام واپس آمُت مگر تِمی اوس وۄنمُت زِ
سُہ گرٕ ھِ نہٕ وۄنی زانہہ جۄم۔
تنہٕ تِتھے جۄم گرٕ چھِنچ کتھ وۄتھان اَس رنکواوس کانپنان ہیوٗ تہٕ
اوے اوس بنسی لالن رانی وۄنمُت زِ یِہس روزن تم پۆر وندس
کشیرِ منزٕ ے۔
بنسی لال اوس رنکوہس مُدے گنڈِتھ۔ تس اوس بڑ وَنتھہِ
کنگ چایہِ پیالہِ تہِ مِشتھ زن گومُت۔

دارِ ہنٛدِ شیشہٕ کنٛز اوس صاف اتھ پِوان زِ شین چھُ تھوسو تھوسو وسان، گرِ کی سأری بأژ أسی چاپہِ شیٹس أنٛدی أنٛدی بہتھ گیس بخأری أس آن تہٕ امہِ کہِ وُشنیرِ علاوٕ اوس تمہِ چاپہِ سٕتی تہٕ شریرس وُشنیر پھیران یوسہٕ تم چوان أسی۔ مگر دارِ کنٛزِ شین تھوسو تھوسو وسان وُچھتھ آسہٕ رانی ہنسی تہٕ چونٛ ترٛشوے جوٚمیگ ازکالک تاپہٕ ورشن زنتہٕ یاد کران۔

بنسی لال تہِ اوس سونچان زِ تس پزِیا تمن ونُن زِ جوٚمہِ پیٹھہٕ چھےٚ تس ژِھٹھی وأتژمژ۔

أتھی منٛز آیہِ تسنٛدِس فونس کال یہٕ اوس جوٚمہِ پیٹھہٕ جوأہر لال غولابُن خاندار۔

''ہے بنسی لال ٹھیک پأٹھی چھُسا۔ می جی چھا ٹھیک پأٹھی۔ دیان اتہِ چھُ شین پوٚان از''۔

''اٰہن مہرابأے صأب۔ أدِ پیٹھے لوگن سوٚت سوٚت''۔ بنسی لالن وُنُس درجواب۔

''اہنسا توٚہی کیاز زِ ترِونہٕ وُنیُستام پتہٕ گرٛشھی تن وتھ

بند۔ أمِس گرٛھہِ ممی جی تہٕ ترِ منز مشکل۔ ترِ وسا جل جل توتہٕ
گذاروِیم دوٚہہ یکوٹہٕ"۔

جواہر لالن وۄن سودِلہٕ تہٕ بنسی لالن وۄنُس در جواب یتہِ
زِ "اہن مہرا سونچان چھِ تی أسی تہٕ۔

اتھ پتہٕ وۄتھُس جواہر لال بیٚیہٕ۔

نساتہٕ اتھ کیا چھُ سوچُن۔ اختہٕ چھے ییتہٕ نوِ بٹہٕ وارِ دوٚہہ
مائیگریشن ہنٛزِ واپسی متعلق بڈٕ کانفرنس۔ مے چھِمو تمن تہُند ناو
دیُتمُت۔ دۄ پمکھ یم تتہِ روزان چھِ تہُند تہٕ بوزِ وتم کرن تتہِ
کِس موجودٕ ماحولس پتہٕ وبستار سان کتھ۔ ممکن چھ یم کانفرنسہِ
وألی مادِنو توہہ بأژن ائیر ٹکٹ تہٕ۔ تتھے جواہر لالن ائیر ٹکٹہِ
ہنٛز کتھ کٔر۔ بنسی لالس ژۄل نیرِ تھ۔

"اہن مہرا، مے وأژرا تھ تہنٛزِ چھِ تہٕ"۔

"اِدٕ تیلہِ کتھ چھُوِ پژاران۔ گرِ و تیلہِ سکھر" تہٕ أتھی ستی
ژۄٹ جواہر لالن فون۔

وۄنی اوس پژٕ بتھ کانٛہہ بنسی لالس گُنے وُ چھان تہٕ پژاران

سُہ کیٛا ونہِ۔

چوٗنہِ پرٛ ژھس کُس اوس فونس پێٹھ۔

بنسی لال وۄتھُس بأے صأب اوس جوٗمہِ پێٹھہٕ۔ دپان اوس اتہِ چھاشین پوٗان توٗ ہی کرتڑِو۔

رانی وۄ ژھس یہِ کمہِ چِٹھہِ ہُنٛد اوسُے پرٛ ژھان۔

بنسی لالس گییہِ گلہِ زہوٗ کھنٛزٕ نہٕ دپان جوٗمہِ چھےٚ مائیگریٹن ہنٛزِ واپسی متعلق کیٛا ہتام کانفرنس بہٕ تہِ چھُس بُلوومُت۔ تمہ ما دِن ائیر ٹِکٹ تہِ۔

یہِ بوٗزِتھ پھوٗل رانی وُٹھن پێٹھ اُسن مگر رنکوزن وۄشلیو وہیوٗ۔

بنسی لال اوس وونی پانٕسے ٕستی کیٛا ہتام سونچان۔

''یہ مائیگرنٹ کتہِ یِن واپس۔

اہنسا تمن گرژھہِ سیکورٹی ہنٛز گارنٹی۔ کُس دِیکھ یہِ گارنٹی۔

بٕہ زَن ونکھ پگاہ سأنس رنکوہس چھےٚ سعد صأبن سیکورٹی۔

سوچھنہٕ یِیتی یوت سو چھےٚ ہور دِلہِ تام۔

تتھ کرنم ٹسنہٕ۔

گوڑ ونو کتھ سیکورٹی۔

یتہٕ چھُ بوڑ سوال ۔اتھ چھُ پڑ ہتھ کانٛہہ پننہٕ پننہٕ آیہِ جواب ژھانڈان ۔ میأنٛ کنٛہ گیہِ سیکورٹی پژھ۔ پژھہِ ستی چھِ منش ہنٛدِس روحس تتھے کنٛہ نوٚ وزُوزہتہٕ پھیران یتھہٕ کنٛہ ترٕ ستی ہانیمژن سوسریمژن أڈی جن تاپہٕ ستی نوٚ وزُوزہتہٕ اژان چھُ ۔مگر پژھہِ ہُنٛد یہِ تاپہٕ ورشُن کتہِ روٗ دووٕنی ۔ ازکل چھُ درس زگتس منز یپأری وُچھوتہٕ تپأری ششرُ ے ششرُ"۔

بنسی لال اوس أتھی کہنس زِ رانی ہنٛزِ کرٛ یکھہِ گوٚ وزن ہُشیار۔

"دوٗ بے کیا چھُکھ سونچان ۔ترٕ تیلہِ أسی جوٚم"۔

بنسی لال اوس اکھ نظر رانی کُن ترٛاوان تہٕ اکھ رنکوہس کُن ۔زنتہِ اوس سٔنِس دوٚلابس منز ہبہٕ آمُت ۔ تمی دِژ دارِ کنٛہ نظر شین اوس تھوسوتھوسووَ سان۔



# گُمانۂ

شامہِ وقتہٕ اوس نیٚبری سوٗرے چُری گیٚش زن بند گومُت۔ اشرف صأب اوس کچنس منٛز بہتھ آشینٛز أسس لرِ بہتھ مگر دوشوٕے أسی زن ہوپ تہٕ دوپ گرِتھ۔ یہِ خاموشی پھٕٹ یام اشرف صأبنِس موبائلس رِنگ درایہِ۔ تٔمی دِژ جل جل نظر گامہٕ پیٹھہٕ اوٚسس لوٗکُٹ بوے صأبہٕ کال کران۔ اشرف صأب گو زن دُباثبرِ ہیوٚ سونچان اوس ییٚتہِ نٕے تُلا فون کنہٕ کمرٕ منٛزٕ نبر نیرِتھ تُلہٕ کنہٕ تام ژھنہٕ ژٕڈی تھے۔ إٓخرتٕ آوِن اِگنور بوٹنس پیٹھ اوٗنٛگج تہٕ فون گو بند۔

یہِ وُچھِتھ پرٛژھس نکھے بہتھ آشنہِ کٔمی سُنٛد فون اوسُے

تکلتھس کیاز ِ نہٕ ۔ تس اوس باسان زن تٕھنٛدِ مالنیُک کانٛہہ فون

کران اوس تہٕ أمی زأنتھ مأنتھ ژۆ ٹ ۔

خبر ہسایم أسی زہرایے کمپنی وأ لی ۔ تٔمی وۆن کتھ ژٕ ٹوِ نہٕ

اندازِ ۔

اشرف صأبنہِ آشنہِ بیوٗ ٹھ نہٕ کینٛہہ تمہِ اوس ژٕ بُر مُت زِ از چھُ

دفترِ نہٕ پیٹھے یہِ اۄ ری نتہٕ یوٗ ری باسان تہٕ فون ژٕ ٹنہٕ وِزِ تہٕ اوس یہِ

دُ بانٛبرِ ۔ کیٛا ہتام مامِلہٕ چھُ مگر تمہِ دأ یُر پانسے ستی ''فأیِد کیٛا چھُ تچھ

تچھ کرُن بومبر گنس گٔنی لابِنہٕ کھوتہٕ چھےٚ ژھوپے روپہٕ ستٕز'' ۔

اشرف صأب اوس أنٛدٕ ری سونچان زِ صأبس کیٛا جواب

ونہٕ ۔ راتہٕ پیٹھہٕ کوٚ رُن تمیٛہِ لٹہِ فون ۔ دپان اوس ٹأ ٹھس چھُ

طبیعت تہِ خراب تہٕ مزاز تہِ ۔ بار بار چھُ ونان وار یاہ کالہٕ پیٹھہٕ

دیاو وم نہٕ ڈاکٹر نظر تہِ نہ چھُم مأل تہٕ نہ ہکتھ ۔ صُبحس ونیوس مےٚ

بہٕ ونے شامن بہٕ کرکھسہٕ تہٕ والن پانس ستی زہرا اوس اوے

فون کران ۔ وۆنی گو یہِ اگر بوزِ أمس پیٛیہٕ وُنی کہِ پیٹھے

بوم ۔ راتھے أس ونان وۆنی گوٚ ژھ نہٕ یمن دوہن کانٛہہ پوٚ ژھ

یُن دوشوٕنی کورٕ بن چھُ امتحان یم چھےٚ پوٚ ژھ ےتھ پرٕنہٕ تلے گرٕ ھان۔

اشرف صأب اوس أتھی کُنہس زِبیٚہٕ آلیس کال تہٕ یہ اوس صأبے۔ چارونا چارتُل تٔمی ووٕنی أتی تھےفون۔

"وعلیکم سلام صأبہٕ لال خأرٕ ے چھا سأری چھوٕ ٹھیکے۔ تسنٕز آشینٕز تہٕ أس ووٕنی ہوشہٕ گوشہٕ تُسی کُن۔

کیا زیادٕ خراب چھسہٕ طبیعت۔ اِ ووٕنی ییلہٕ سو کتھ چھےٚ انشاء اللہ واتہٕ یہٕ صبحس سُلی تہٕ والن پانس ستی تہٕ ڈاکٹرس تہٕ ہاوون"۔

فون کال موکلِتھ ترٕ أو تٔمی سیوٕ دٕے آشنہٕ ڈکہٕ بجہٕ کُن نظرا۔ یہٕ شانکنہٕ باپتھ پگاہ تام کُتھ روز تہنٛد گریُگ موسم۔ تس باسیو وآشنہٕ ہنٛدِس بتھس پیٹھ ےتی ہے کالس کالہٕ اوٕ برکی پأٹھی درٕ ہہ خار نمودار سپزٕ مژ۔ حالانکہ تمہٕ وژن نہٕ تس کہنی مگر تہنٛد بن کنن منٛزٕ زن لجہٕ گگراین ہنٛدِ آیہ یمہٕ کتھہٕ گرٕ بزنہٕ۔

"گونا ٹاٹھی صأب چھُ بیٚہٕ ڈیلیومُت تہٕ پگاہ واتہٕ

بیماروان ہتھ یۆ رٕ ۔ کوٹھہِ ووت اند وندٕ یِ وُچھان۔ ووٚنۍ
بڈییس ہتہٕ اسہِ پیوٚ وپنٕنی مرٛزھہِ بلہٕ ییتہ سوٗرے رونہٕ ظونہٕ کرُن
۔ گامکہِ داش نداش منٛز دیٚت نہٕ أمۍ بُڈن اسہِ اکھ پیوٚنٹ تہٕ
دپھ ہلن ڈلُن ییٚلہِ آسکھ تیٚلہِ چھُ اسی فرمان واتان زِ گٔنڈ و
ہوٚل۔ پٔٹھہٕ ماکوٹھہِ ووٚنۍ سوپزٕ أنۍ ہش ہکٕتھ"۔

امہِ اندرۍ گزٕ ہزاوس سُہ تیوٚت پریشان زِ سُہ وۄتھ یاشاہ
گرِتھ تھوٚد تہٕ ژاو یہِ زاۓنتھ واش روم زِ تھہنٛدِ گرِکس اتھ
پزٕ أنس معاملس پٮ۪ٹھ ییتھ نوزک مرحلس پٮ۪ٹھ وناونی گرٛشھنہٕ
پگاہ ینہٕ وول طوفان وُنی بپا کرن۔ سُہ اوس بُتھ چھلان تہٕ ہپارۍ
وٕ ژھہ تھنٛز آشینٛز تہٕ کھٔرٛ ہیوٚر۔ پھرأس اتہِ خبر کیٛاہ کران۔

اشرف صأبن پٕر کھوفتن نمازتہٕ ژاو واپس کچنس منٛز رسے
وولُن دسترخوان یہِ ہاونہٕ موکھہِ زِ بتہٕ پھوٚل دِیہِ تو۔ امہِ پتہٕ
روٗ دی پوٚرٕ شبس یم اڈٕ ورٕ بأ ژزِ کلبن ہنٛدی پأٹھۍ اکھأ کِس ستی
اشارن منٛزٕ کتھ واتناوان یوٚ تام صبح چاے چیٚتھ اشرف
صأب گام کُن روانہٕ سپُد۔

اشرف صأب تِتھے گام ووت صأبہٕ تہٕ تِھنز آشینٛز تہٕ شُری گیہِ سبٹھاہ خوش۔ شُربن اُس خوشی زِ انکل آو چاکلیت تہٕ آسِین اؤ نمُت۔ اما صأبس تہٕ تِھنزِ آشنہِ اُس خوشی زِ ٹاٹھی صأب وسہِ شہرتہٕ تِم کڈن کینژن دوہن امہِ ذمہٕ دأری روٗس ووشوا!

ٹاٹھی صأبس تہِ گیہِ اشرف صأب وُچھِتھ رژھا بشاشت اما اشرف صأبس اوس زن تہٕ کلہٕ گیران۔

بہرحال رژھا بہنہٕ، بأے ہِنٛدبن شُربن میوٗ ٹھا گرِتھ تہٕ چاکلیٹ دِتھ وۄتھ اشرف صأب ووٗنی بزرگ مألِس کُن۔ ٹاٹھی صأب ؤُتھو گرِ وسکھر باتھ روم ماچھو گرِ ژھُن۔

ٹاٹھی صأبن ترٲوتس کُن غورٕ سان نظر زنتہٕ پرٛژھان اوسُس پوٗ زُے چھکھا ونان۔

اشرف صأبس نکھے بہتھ صأبن ووٗن بڈ ہٹہِ ٹاٹھی صأبس ژُے چھُے بأے جانس ہِتی شہر وُسُن ڈاکٹری ملاحظہٕ باپتھ یہِ چھُ اوے موجوب آمُت۔ ٹاٹھی صأب گو صأنٛزِ کتھ بوٗ زِتھ یو ہے غوطن ہیوٗ '' اما ز کتھہٕ گنٛز آیہِ اُمِس اشرفس فرصت۔ خبر سو

دِلے چھا آمُت کنہٕ اتھ منٛز تہٕ چھےٚ کانٛہہ ژوے۔

پرُس ییلہِ کینٛژن دوہن تورواجیونس کتھہِ کتھہِ منٛز وُنیون ٹاٹھیا ژٕ کونہٕ حیاتی منٛزٕ ے یم زراعتکی جایداد کی نیاے أنٛزراوان۔ خبر تمی کتھہِ ماچھُ بییہٕ آمُت"۔

ٹاٹھی صاب اوس خبر کیٛا کیٛا دأریراوان زِ لوٕکٹ نیٚچوی صابن گرنس اتھس تھپھ تھوٚ دِتلن تہٕ دوشوے دراے نبر۔

اشرف صاب اوس وونی پانٕسے ستی سونچان۔ٹاٹھی صابس تہٕ زن چھُنہٕ شہر وسنس کانٛہہ مالازیادٕ بیمار تہِ چھُنہٕ باسان۔ خبر تیلہِ کیاز تُج أمی وتفنگی صابن اوترٕ پیٹھہٕ مچھ بانبر۔ بنان چھُ تس تہِ ما آسہِ گرٕ واجنہِ پھاٹون وادلوگمُت زِ بڈٕ مول کتھ کھوٚت اسی یوت بارِ۔ حالانکہ ٹاٹھی صابُن سورُے داش نداش چھُ یمنٕے اتھہِ تہٕ یمے چھِ تتھ چھل دَل کران مگر ژکہِ چھُنہٕ یہ لرکانہِ تلہٕ پأدٕ گمژ سأرٕ ے ذات ہشی۔میانہِ گرِ تہِ ماتمہِ آیہِ سبزراکالہٕ پیٹھے أس سو بوم لدِتھ"۔

اشرف صاب اوس أتھی دولابس ئنتھ زِ صاأبہ لال تہٕ

ٹاٹھی صاب ژایہِ کمرس منز واپس۔ صاۓبن بدلاۓ وۍ ٹاٹھی صاۓبس پلو، ڈاکٹری چِٹھہِ تھاوٕن أکِس بیگس منز تہٕ بێیس بیگس برن مالی سٕندی پلو جورٕ ز ترے۔ یہِ وُچھِتھ ژبر اشرف صاۓبن زِ ٹاٹھی صاۓب چھُ واریاہ کالہٕ باپتھ شہرٕ کُن روانہٕ کرنہٕ یِوان۔ أتھی ستی زن اوس تس پننہِ آشنہٕ ہُنٛد بومہٕ بُتھ برٛ ونٛہہ کُن یِوان تہٕ اوسُس پانس بُتھِس وٕشلُن زن کھسان۔

صاۓبن پکہٕ نو ٹاٹھی صاۓب اتھس تھپھ کٔرِتھ اشرف صاۓبنہِ گاڑ تام۔ اشرف صاۓبس اوس باسان صاۓبن تژ ووپھرٛ یکھ زن زیوِ ستی تہٕ ووٛنُن نہٕ ماۓلِس جلدٕ ے یِی زِ واپس۔

ووٛنی اوس ٹاٹھی صاۓب اشرف صاۓبنہِ گاڑِ منز بہتھ تہٕ اشرف اوس گاڑی چلاوان۔ مگر کاڈٕن منز اوس تس پننہِ گرٕ بُتھہِ ینہٕ وول چلینج۔ سُہ اوس اتھ مشکل مرحلس متعلق سوچانٕے زِ بُتھہِ آوبیا کھ کُڈر مرحلہٕ۔ یتھ سٕرکہِ مشکلن دوٕن لأنن منز گاڑِ پکتھ ہیکہٕ ہٕن اتھ آسہٕ گاڑ ژون لأنن منز جمع آنچہِ پکان۔ ڈٕچھن وول تہٕ برٛ ونٛہہ نیرٕنکی ول ورتاوان تہٕ کھووُرٕ وول تہِ تلہٕ

زالے تہٕ تہٕ مغز مارے تہٕ۔

رُکتھ گاڑِ منز ہیوٚتُن ٹاٹھی صائبس وُتار ہیوٚیُن۔ تلہٕ سا شیشہٕ کھالکھ ہیوٚ رٹمُی وۄن اشرف صائبس۔ اشرفن دبووبوٹُن تہٕ شیشہٕ کھوٚت ہیوٚ رمگر اورژایہٕ ڈہی خار، ٹاٹھی صائبس ہیٚژن ژاس ییٚنۍ۔ اشرف صائبس اوس نہٕ فکرِ تران زِسہ ہے کرِ تہٕ کیا کرِ۔ سہ اوس سونچان یہٕ گووتہٕ حال گرخبر کیاہ بنہٕ۔

ییتھہٕ ییتھہٕ گو کیاہتام وژھر ہیوٚ گاڑِبن ہُنٛد رفتار لوٚگ رژھا ہُرنہٕ۔ ٹاٹھی صائب لوٚگ پانسے ییتی سونچنہٕ کوٚت رِش، کرژاہ گاڑِ چھےٚ ییتھ وٚریس منزِ ے ہریمٕژ۔ یژھِ بر بارِ منز ہیکہٕ مےٚ ہیوٚ بڈٕ دم گژھتھ تہٕ مُرِتھ ییتھہٕ علاجہٕ کھوتہٕ چھُ بے علاج روزنے بہتر۔ گوڑٕ چھا پتایہٕ اشرف صائب نیاتہٕ مےٚ ڈاکٹرس تہٕ پزی کرناویا علاج کنہٕ بس ہاونہٕ مو کھےاؤننس۔

گاڑی اُس ووٚنی میونسپل حدن منز اُژِتھ زیچھہٕ لانہ منز ٹریفک سگنلہ نشہٕ کھڑا۔ بیٚیہٕ اُس سوے بڑٕ بارے۔ زنہٕ مرد تہٕ بچہ اُسی موقُک فائید تلنہٕ باپتھ پڑٕ ییتھ رُکیمٕژ گاڑی بڑٕ وٚنہہ گُن ییتھ

اکھ اکھ سوال ژھنان۔ گوڑ آیہ اکھ جوان زنانہ لُج اشرف صائبس منگنہِ بابو جی بچے دو دن سے بھوکے ہیں دے دینا کچھ اللہ کے نام پر۔ اشرف صائبس گھٹ ڈبکس دڑ ہہ أندری وۄنُن وُچھ جوان صحتمند أستھ کیاہ چھےٚ چانگہِ لاگان۔ وۄنی ہر گاہ دپوس وۄلہِ کانہہ گرِ کأم کرتہِ روپیہ دٕہ زین زانہہ مانہِ۔ یہِ ژنی دراہِ اور کُن تہِ بزرگا گو نمودار۔ یہِ اوس گاڑِ منز بہتھ ٹاٹھی صائبنے وأنسہِ باسان تہِ اوس خودایہ سُند تہِ رسول سُند سوال ژھنان۔ ہے کینژھا مدتا گری تو مےٚ چھےٚ گرِ واجینۍ ہسپتالہِ دأخل علاجہِ باپتھ چھُم نہٕ کانہہ پۄنسہِ۔ ٹاٹھی صائبس اوس أمِس کُن وُچھتھ زبردست ترس یِوان تہِ سُہ اوس یژھان اشرف گوٚ ژھ أمِس کینژھا دِیُن۔ اشرف صأب اوس امہِ وتہِ گاہے بگاہے پکان تٕمۍ اوس واریاہہ پھرِ أمِس بُڈس رقم تہِ دِژمُت مگر تس اوس وۄنی پورٕ اندازٕ یہِ بُڈ چھُ بس چانگہِ لاگان تہِ بچھی متٕن پۄنسن عأشی کران۔

سگنل گیہِ یلہِ گأڑی دراہِ اما ٹاٹھی صائبس اوس أندری

کۆران ۔ وُچھ کوٗتاہ کۆنڈ تہٕ سنگدل چھُ یہِ میون نچوٗ ۔ کرٕ ہ آہ و زأری کرینس أمی بُڈن اکھ دبلہ تہٕ دِیُتنس نہٕ ۔ یہِ کتہِ لاگہِ مےٚ علاجس پوٗنسہٕ شکر چھُ مےٚ چھِ کینٛہہ پوٗنسہٕ پانس ستی ۔ غلطے گوٚ مےٚ آسہِ ہے أمِس بُڈِس بچأرِس تمۍ سٕے منٛز کینٛہہ دِیُتمُت"۔

اشرف صأبن نیوٚ ٹاٹھی صأب سیوٚدُے ڈاکٹر کلنکس پیٹھ فیس بوٚرنس تہٕ لگی لأنہِ منٛز بہتھ وارِ پرٛارنہِ ۔ ٹاٹھی صأب اوس سونچان ییٚتہِ تہٕ چھےٚ پیٚٹھ بر بارے اما گیہ کیاہ زِ پیٚٹھ بیمار اگادِ ۔ میانہِ لوکچارٕ آسی لوٗکھ مکایہِ واتھ یا انمہٕ چیٚتھ گزارٕ کران تہٕ صحتمند آسان ۔ از مستجن کھبتھ بیمارے بیمار۔

یام ٹاٹھی صأبس وأری آیہِ اشرف صأبن ژون تھپھ گرِتھ ڈاکٹرس نِش ۔ ڈاکٹر صأبن دِژ چِھٹھن پیٹھی پیٹھی نظراہ "توٚہی چھِوٚ واریاہ کالی آمتی ؤنو بب کیاہ دلیل چھےٚ کتھ چھُ تکلیف"۔

ٹاٹھی صأبن مُژرو و دہانہٕ تہٕ لوٚگ تانہٕ تانہٕ پنُن احوال وننہِ ۔ ڈاکٹرن دِژ گرِ گُن نظراہ تہٕ بزرگ سنٛز کتھ ژھوٚٹراونہٕ

موجوب وۄنُن اچھا گوڑ کرناوِو توہِ یِم ساری ٹیسٹ
Repeat واریاہ کال چھُنا گومُت۔

اشرف صابس گوِیہ گوٚبے پہن پانے ژٕہترن ڈاکٹرا و پنِنس
خصلتس پیٹھ یہِ کڈِ ۄری ییٚچ ژٕھر اکے دوہہ۔ تس ژۄل بےٚ
شوٚنکی پاٹھی نیرِتھ۔ ڈاکٹر صاب سُے یوت ٹیسٹ تھاوی تو یُس
ضروری آسہِ۔ تو ہند یہِ وۄنُن گوڈاکٹرس تہِ برتباتہٕ ٹاٹھس تہِ۔
ٹاٹھس باسیو وتسُند کوٚنڈ نیچو چھُ پوٚنسہٕ خرچاونس کھوژان
۔ڈاکٹر وۄتھس شرارتہٕ سان۔ ڈاکٹر چھُکھاژٕ کنہٕ بہٕ۔ أسی چھا
غأر ضروری ٹیسٹ کرناوان ۔ۄری گژھِتھ چھُہن پیشنٹ
ہاوان۔ یہِ واتی کیٛا؟

اشرف صابن وۄن لوتی یہِ حض چھُم فادر۔ ڈاکٹرس آو
زن کیچس دن گویو ہے قدر چھکھ مألِس کران Shame۔
اشرف صابس زن آیہِ رَب متھنہٕ تہٕ ٹاٹھی صاب تہِ زن گوشو
زَدھیوٚ۔ ووٚنی وۄن ٹاٹھی صابنہٕ ڈاکٹرس ''نہ ڈاکٹر صاب کینٛہہ
پرواے چھُنہٕ أسی کرناوو ساری ٹیسٹ''۔

اشرف صأبس اوس عأرقہٕ سران گوٗمت تمؠ کٔر ٹاٹھِس تھپھ تہٕ واتنووُن لیبارٹری منٛز۔ ٹیسٹہٕ وألؠ کوٚڈ ٹاٹھِس سیمپل بزرگس لگیٖ امہِ باپتھ اکھ زٕ ترٕ ُسی تہِ۔

اشرف ووٚتھ ٹیسٹ کرن وألِس گُن کوٗت حضِ واتہِ اسہِ۔ تمؠ ووٚن 31 شتھ۔ اشرف صأبس کھوٚت بیٚیہِ زن بتھِس وۄشلُن تہٕ سہٕ لوٚگ زن تہِ چندس تچھنہِ۔ ٹاٹھؠ صأب تہِ اوس زن سدرِ ہٕندِس أندرِ مس چندس شرارتہٕ ہوٚت تچھان۔ اشرف صأبن کوٚڈ چندہٕ منٛزٕ ساسٕیٖن تہٕ دِیُتن ٹیسٹ وألِس۔ تھاو حض تام یہِ باقےٕ دِموور پورٹ ِننہٕ وِزِ۔ ٹاٹھؠ صأبن کوٚڈ چندہٕ منٛزٕ لفافہٕ تہٕ دِیُتن اشرف صأبس دِس ساسأری پوٚنسہٕ ییمہِ منٛزٕ۔ اشرف گوٚ أبی آب لفافہٕ تھووُن ٹاٹھؠ صأبس بیٚیہِ چندس اتھس کٔرنس تھپھ تہٕ گارِ گُن پکناوان پکناوان ووٚتھُس ۔ پوٚنسہٕ گو پأزاُرک مَل۔ بہٕ چھُس نہٕ چون تکلیف زران۔ دپھ ییم ڈاکٹر چھِ مکٔرس پیٚمتی ییم چھِ پننہِ کمشنہٕ موجوب ییٚتؠ ٹیسٹ تھاوان۔ ہُتھہٕ گٔژتہِ لوٚکن رَتھ کڈان تہٕ ییتھہِ گٔژ تہٕ''۔

وۄنی اوس اشرف صأب گرٕ گن گاڑی پکناوان تس اوس کلہٕ گیران۔ سونچان اوس آشنہٕ ہُنٛد ہٹہ کار چھُ ونہٕ پرے۔ وۄنی گژھِ نہٕ مأیِلس تھی ہیٚیہٕ رَب متھنہٕ یِنٛز سو دِلے گژھ خأر پاٹھ کرٕنی۔

ٹاٹھی صأب تہٕ اوس پانٕسے ستیٚ زن تہٕ غوطن گوٗمت فکری اوُسس نہٕ تران کتھ تہٕ کس پٹھ کرٕ یقین۔ سونچان اوس صأبن سوزٕ ساہ علاجہٕ باپتھ شہر کنہٕ سُہ اوس مےٚ گرٕ کڈُن یژھان تہٕ علاجُک کوٚرُن بہانہٕ۔ اشرفن اوٗن ساسو دلہٕ شہر علاجہٕ موجوب کنہٕ دنیاہ وہوٕژ۔ أمی کوٚرا ڈاکٹرس مےٚ ٹیسٹ کرنس ہارٕ بچاونہٕ موکھہٕ واد کنہٕ ڈاکٹرن لیٚکھا یِم ییتیٚ ٹیسٹ مےٚ پوٚرٕ علاجہٕ باپتھ کنہٕ پننہٕ یڈٕ دگہٕ موجوب۔

اشرف صأب ووت وۄنی پننس گرس نکھہٕ گاڑی گرٕن سڑکہٕ اکہٕ انٛدٕ کھڑا مأیِلس گرٕن اتھس تھپھ تہٕ کوٚرُن پننہٕ مکانہٕ کِس گیٹس ٹھُک ٹھُک۔

دِلس أسس ڈُبراے تیزان، کن أسس ووزٕ ییمتیٚ۔

گیٹہِ ٹھس بۆزِتھ آیہِ تہٕنز آشینٛز ہکہٕ نیرِتھ اسوٕنہِ ہوٚنجہِ گرٕن ہہرٕ بابس سلام تہٕ اتھس گرٕنس تھپھ۔ خاندارس دۄپُن تھاوٕ ژ گاڑی گراجس منز یہٕ ژانن ٹاٹھی صأب پانے اندر۔

ییٚلہِ اشرف صأب اندر ژاو ٹاٹھی صأب وُچھُن گبس پیٹھ بہتھ تسنزِ آشنہِ آسہِ لیٖفہٕ جوراہ تس ڈکھس تھاوِمژ۔ تسنز پکہٕ دأنی أس چھلِتھ مأنجِتھ تس برٛ وٕنہہ کنہِ۔

سُہ اوس یہِ خوشوُن منظر وُچھِتھ وسان تہِ تہٕ حأران تہِ۔ أتھی کنہس منز آیہِ تسنز آشینٛز تہٕ وُژھ ٹاٹھی صأبس۔ ٹاٹھی صأب توٚہی چیٚو قہوٕ پیالا کنہٕ بتہٕ پھوٚلے شیرو۔ اشرف صأب اوس اکھ نظر ٹاٹھی صأبس کُن دِوان اکھ آشنہِ کُن۔ یہِ اوُسس کیٛاہ تام خاب ہیوٗ زن باسان تہٕ اوس أندری اتھ خابس تعبیر ژھٔران۔



# امار

دفتر نیرنہٕ تہٕ ناشتہٕ کرنہٕ برٛونٹھے ٲس نذیر صأبن حسب معمول نٔبٹس پیٹھ اخبارن رازدانہٕ پیٹھ نیرن والین کیٛژن بڈین اخبارن تہٕ اتھ ٕستی سرینگرٕ پیٹھ نیرن والین واریاہن اخبارن سٔنتھ نظرا دِژٕمژ۔ از تہٕ اوس تس یہٕ گرِتھ تلواسے وۄتھمُت۔ عالمی کیو ملکی سوٗتھرچہٕ سارے بجہٕ سُرخیہٕ آسہٕ جنگ و جدل مژ کری تہٕ قتل و ہجرتس متعلق۔ کیٛنٛہہ تصویرٕ آسہٕ زیادے تچھن ٹُلان۔ اہلا پوو شہرس منز ریڈکراس ذریعہ لبنہٕ آمتِس نو ؤہرس شُری ہنٛز تصویرٕ وُچھتھ آسہٕ دلس کھنٛجہٕ گژھان۔ یس نہٕ پتہٕ ہے اوس زِ تسنٛد بن باقٕی گرٕ والین کیاہ سپُد۔

سرینگر دراتھِن اخبارن اوس زیادے پہن ووزجار۔ رتہٕ فوٹوون ہتی آسہٕ سُرخیہِ ییمہٕ انمانہٕ۔

☆......89مہِ دوہہ گیہٕ زٕ ہتھ لۆکھ زخمی

☆...... زٕ لڑکہٕ گیہٕ ہسپتالہٕ فوت

☆......تہند ہن آبأیی علاقن منز ووتھ ماتم

☆......پہلٹ شل لگنہٕ گوبیّہِ کینژن نفرن أچھن گاش

☆......سرکارن مونگنو وحالات قوبو کرنہٕ باپتھ بیّہِ تہِ فورس

☆......احتجأجی کلینڈر جأری کرن والو بڈرووا کہِ ہفتہٕ باپتھ ہڑتال

☆......واریاہن علاقن منز چھِ ضروری چیزن خاص پأٹھی دوٕہن ہنز وبہٕ ہے۔

''نبٹ بند کران کوٚڈ تمی زیوٚٹھ بڑیوٚڈ۔ سوٚنچنہِ لوٚگ ژوپأری چھُ نارے نارتہٕ رتہٕ فموار۔ امایمن بیمارن خاص پأٹھی بزرگ بیمارن کوسہٕ حالتھ آسہِ یمن ایامن منز گزھان۔ ہسپتال تہِ ماہکبن وأتتھ۔ ییلہِ نہٕ کانسہِ پکنے دِتھکھ''۔یہِ

دٲیران پیٚیہٕ تس اکہِ اکہِ پٔنٕز کتھ ٲشناوتہٕ زانٛی کار بزرگ یاد یمن تس واریاہ کال وُچھنس گوٚمت اوس۔ ووں گوٚمژ ی مژی اوس فون کرِتھ تہنٛز خبرِ اتر ضرور مولوٗم کران۔

تس ٲسی ووٚنی واریاہ وٕری آشینٛز تہٕ کوٚرہتھ دلہِ منٛز روزان گٔمتی۔ حالانکہ ترٛٹن تہٕ گٹن ہنٛدِس تتھ زمانس منٛز اوس سُہ واریاہس کالس آشنہِ ہنٛدِ زبردس اسرارٕ پتہٕ تہِ کشیرِ منٛزٕ رُوٚدمُت۔

سُہ روٚد جانس خطرٕ ٲستھ تہٕ توٚ تامتھ ڈٕٹھ یوٚ تانی آپہٕ جنت گارنی یمہِ عالمہٕ گیہِ۔ تس زنتہِ اوس قیامتک سُہ دوہ دید مان ییٚلہِ آپہٕ رحمت حق سپزٕ تہٕ سومیڈیکل انسٹی چیوٹہٕ پیٹھٕ تتھ ویلنگ گامس تام زبردس ہرٛتالس منٛز واتناوٕنی پیٚیے۔ یوسہٕ آپہٕ تس بار بار تِتھِن حالاتن منٛز تور کھسنس ٹھاکھ کران ٲس۔ تسنٛدِس کفن دفنس منٛز شامل سپدنہٕ خاطرٕ اوس تس لامحالا کھسنٕ پیوٚمُت۔ ووں گوٚ تمن ژون دوہن آسہٕ تٔمی تہٕ تسنٛزِ آشنہِ خبر کاژاہ قیامژ سرمژ تہٕ واپس شہر وسنہٕ آپتے اوس تٔمی دِلہِ ٹرانسفر کرناونک قصد کوٚرمُت۔

رازدانہِ منٛز روزنس دوران یوٚ دوے نذیر صابس بظاہر

زُوس کانٛہہ خطرٕ اوس نہٕ ،مگر خبر تسُنْد رٗوح کیاہ زِ اوس تس اوٚری نتہٕ یوٚری باسان۔

پرُس ییٚلہِ سہ پنٛدہن دوہن ہنٛز چھٹی پیٹھ واریاہ کالی کٲشیرِ آمُت اوس تس اوس شہرو گام ماحول واریاہ بدلیومُت تہٕ سید یومُت باسیومُت ۔تس اُس منٛن واپس ٹرانسفر کرناونٕچ یژھ تہِ بٲرٕمژ۔ دپھ میمہِ لالہِ نے دلہِ منٛز نوکری کران آسہِ ہے۔ آشینٛز آسہِ ہے تمٕی ضرور اتھ پیٹھ آمادٕ گٲرٕمژ۔ووٚن ییٚلہِ یہُس کٲشیرِ منٛز پرٛانہِ کھوتہِ تہِ سخت وولہرشٕ ژھمژ اُس آشنہِ اوس تس اکہِ دوہہِ پھرِ ووٗنمُت۔

"ووٚنی ہر گاہ چون مانیو گیے بیٚیہِ خراب"۔

نذیر صائبس چھُ ویسے تہِ پنٛن حال خرابے باسان۔

تس چھُ پان پرٕ ژھیوٚن باسان تہٕ کٲشیرِ منٛز پننہِ لوکچارٕ کی حسین دوہہ ہےٚ نہٕ پرے نال وٕلتھ روزان۔ دِلہِ منٛز ییٚتھہِ کنٛی پژھتھ اکھاہ پانیو پانیو کران چھُ ،تتھ ستی آیہِ نہٕ تس زانٛہہ برابری۔پیٹھہٕ ییٚتھے کٲشیرِ منٛز حالات بگران چھِ یا کُنہِ قسمٕک بوٚڈ ھس

گژھان چھُ، تس چھُ رازدانہِ منز ماحول بدلان باسان تہٕ پٕنن
پان چھُس کاون منز زنتہٕ راتہٕ موغل باسان۔

یوٚہسہٕ چہٕ وولہرشہِ دوران تہِ چھُ تس یہِ ٹیوٚٹھ پیالہٕ چیوٚنے
پیوان۔ منزٕ چھس یارن تہٕ ہمکارن ستی بتھی لاگے
گژھان۔ ووں ییلہِ وولہرشہِ ستی ستی سرحدن پٮ۪ٹھ تہِ تناوبڈنہِ
لوٚگمُت چھُ تہٕ جنگُک امکان باسان چھُ، رازدانہِ منز روٗزِتھ
تسُند أنٛدری خوف اوس دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہُران۔ سُہ اوس
پرٛتھ دوہہ اخبارن ییمہِ آشہِ نظر دِوان زِ کریٛیہِ حالاتن منز
سُدھار یُتھ تسُند أنٛدری خوف تہٕ پریشانی کم گژھہِ۔ پوٚز أز کی
اخبار پرِتھ تہِ اُس نہٕ تژھ کانٛہہ سبیلا نظرِ گژھان۔

سُہ اوس پانٕسے ستی سونچان دراصل چھُ خوف تہٕ پریشانی
بنی آدمس ازلے ستی بوج۔ جاے بدلاونہٕ تہِ کتہِ گژھہِ یہِ دوٗر۔

نذیر صأب یام دفتر ووت تہٕ کرسی پٮ۪ٹھ بیوٚٹھ آڈرلی آو تہٕ
دیُتنس کیٛاہتام کاغذ، بیٚیس کاغذس ہیوٚتنس دستخط کرِتھ۔ کاغذ
پران پران زن وو شلیو وسہٕ۔ تس اوسکھ پندہن دوہن باپتھ

وٕنن چھےٚ۔ از چھنہٕ تتہِ کأنٛسہِ وتہِ تہِ دِوان پکنہٕ۔ پتٛھہٕ چھنا چأنٛز پتہٕ ہیے ژٕ ماروز کھ آشناوِن پھیرنہٕ روٗس۔ دراگہٕ ماگہٕ درائے گٕژھہِ تام گٕژھہِ تام، خبر ژٕ مانکھ وونی کانٛہہ نوٚ ولانٛج۔ تلسا کرزاہٕ پارٕ أمِس افسرس۔ سأنٛز مجبوری وٕنتس دیوٚمانی"۔

آشنہِ ہُنٛد کلامہٕ بوٗزِتھ گوسُہ تہِ غوطن۔ سوٗنچا کوٚرُن ونا باسس۔ پانٕسے ستی سوٗنچن یہِ راوِنہٕ نُے۔ ئلی ییہِ تس مےٚ ستی ستی اسہِ سارنٕے کأشرٕن متعلق کتھہٕ ژورکرنس وار۔ اِوکنٕی پیٚیہِ گرٛشھنُے۔ تٔمی ترٛأو آشنہِ کُن نظر ایس ڈٕبکس درٕہ دوٗ رِلبنہٕ یِوان أس۔ تٔمی کوٚر پنُن لہجہِ مٔدرأوِتھ گفتار شروع۔ اتھ نسا چھُم نہٕ چارے۔ بہٕ روزٕ تتہِ دفتر اندرٕے ییتہِ تہِ چھُنہٕ کانٛہہ پرواے۔ ییتہِ چھا کانٛہہ کأنٛسہِ سنان۔ نیرِ کیٛاہ یمن پندہن دوہن۔ تٔمی سُنٛد کلامہٕ بوٗزِتھ وٕژٕھس آشنہٕ "وونی ییلہِ گرٛشھنُے چھےٚ سوالِ خدا چھُے یہِ نہٕ تتہِ اورٕ یورپھیرنہٕ بہکھ۔

نذیر صأب اوس سرینگر سٹیشنہٕ کِس لانس منٛز اورٕ یور کران۔ تس اوس واریاہے کالٕی ڈل بٹھس پیٹھ واقع کنوٚنشن

سرینگر گژھنگ آڈر دیُت ُمت ییٚتہٕ احتجاجو تتھ نشریٲتی ادارس منٛز کٲم کرن والین مقامی اہلکارن دھمکی دِژہٕ ٲس۔ ییمہِ کس صدر دفترس منٛز سٕہ دِلہِ تعینات اوس۔

آڈر رٕٹتھ ژوٗل تس بے پھرٛو کھ پاٹھی نیٚرِتھ۔ ''زمین گول ہے ییٚیہِ سُے امتحان۔ پیٹھٕہ چھُنہٕ اتھ کانٛہہ چارے۔ ہُمہ ماجہِ کورِتہِ روزن گُنے زنہِ ییٚتہِ۔ پیٹھٕہ یتھ ماحولس منٛز۔ نمہٕ ہوکھ ستہٕ تتہِ کیٛاہ کرن قادرٕ زِتھ۔ دپھ یتہِ بیٛا کھ جنگ''۔

جنگک خیال یوانہٕ لوٗگ سٕہ سوٗنچنہِ ووٗنی گوٗ ژھ نہٕ ییٚمنہٕ دوہن پزٕی جنگ ووٗتھُن۔

تٕمی کٕڈ آن لائن ٹکٹ۔ دفتر دراو سُلی پٔھن۔ گرِ وٕنتی آشنہِ شٕیچھ زِمے چھُ پند ہن دوہن باپتھ سرینگر گژھُن۔ یہِ بوٗزِتھ گیہِ سونا رونار۔

''ژٕے نٕے کانٛہہ کار اوسُے۔ ژیٚتہِ آسہِ تھکھ یورے ووٗ نمُت زِبہٕ ہسا گژھہٕ۔ ژٕے ماچھے فکرا ٲسی کتھہٕ گنٕی روز ویٚتہِ گُنی زنہِ۔ ووٗنی اوس سون تہِ سہلے تتہِ چھکھ ناوٗ چھان تتہِ کوسہٕ

سینٹر گرٛژھن، ییتہِ رازدانہِ پٔٹھِہ آمتِس سینئر وزیرس پرٛیس کانفرنس دِنۍ آس۔ أتھۍ منٛز پیٚیہِ تس اورِ یِوان جواں سال خوتونہِ پٔٹھ نظر۔

یہِ ماپھچھےٚ صبا۔ آسوے ہے پھچھےٚ۔ عبہٕ لالنۍ نوش۔ کأژاہ پریشانی أسس تمن دوہن۔ کوچھہِ بوچھہِ أس کرٛیشان۔ اکہِ دوہہِ پھرِ أسن پان مأرِتھ ژٔھنٛج تہِ کوٚشش گرٕمژ۔ ازچھےٚ ہنا خوشہٕ باسان۔ خبر آسبس ماپتہٕ خداین یأری گرٕمژ۔ أمۍ سُند سُہ ہہرِ باب ریٹایرڈ ٹورسٹ آفیسرتہِ کوٚتاہ پرٛیشان اوس تمن دوہن یمن دون بأژن ہنٛدِ باپتھ۔

"تس روٗدِے نہٕ پانس تام سُہ گوٚوتس برٛ وٗنہہ گُن۔ خوتونہِ تہِ گوٚوکیاہتام برٛ ونٛت ہیوٚتہِ گرنس سلام۔ تٔمۍ پرٛ ژھس خأرِ پاٹھ۔ خاص پأٹھۍ پرٛ ژھنس عبہٕ لالنۍ خبراتر۔

سوٚ ژھس عبہٕ لالہِ حض چھُ سخت بیمار۔ واریاہ کال گوس بڈٕ سے پٔٹھ۔ پرٛ ہزنأوِتھ تہِ چھُنہٕ ہکان۔ آکسیجن چھس لأگتھے آسان۔ اوٗرک یوٗرک چھُ ونان آسان"۔

یہ بۆ زِتھ گۆ وسہ پریشان۔ امہِ پریشانی ۔کنی گوس کینژھ هاه مُشتھ تہٕ کینژھا زوُنن نہٕ مناسب زِ صباہس پرٛژھہ ہے زِ آیا تس کرے یا خدا ین اولادٕ ژگی کینہہ یٲری یاہ۔

سُہ کھوٗت گاڑِ تہٕ دراو کنونشن سینٹر کُن۔ ڈلگیٹ وٲتتھ وۄتھ لتس تلواس۔ صرف امہِ موکھہٕ نہٕ زِ أنڈی پکی ہاؤس بوٹ، ہوٹل تہٕ شکارِ آسہٕ خالی تہٕ ژوپاسے أس دُہی ژھہتے۔ تس باسیو وڈلہٕ کس آبس ہلہِ نال وۄلمُت تہٕ وۄشلُن پھیوٗرمُت۔ اما یتھ کیاہ گومُت یہِ ووز جار کیا زِ۔

تس پیوٗ وۄری ژتجی مربرٛ ۄہم سُہ منظر یاد ییلہِ تمی گوڈنچہِ لٹہِ ڈل وُچھمُت اوس۔ کیُتھ صاف آب زلال اوس۔ یتھ منز نیوٗل اسمان زنتہٕ پرٛبوٗ ماران اوس۔

سُہ ووت پریس کانفرنسہِ منز منسٹر صاٮ۪بن کیاہ وۄن سُہ گو لکھان۔ مگر نظرن تہٕ کاڈ ہن منز اوس تس أزیُک سوُرخ ڈل تہٕ تیلیُک نیل گوٗں ڈل گنتہٕ گیوٗرکران۔ سونچان اوس ڈلے یوت بدلیو و نہٕ۔ دراصل بدلیو سوُرے زمانے۔ سوُرے عالمے یُس

تیلہِ تراوت بخش اوس تہٕ ازچھُ تُرتُلن وول۔

واپسی پیٹھ زون نذیر صابن مناسب گوڑ سونہٕ وارأ ژِتھ عبہٕ لالس خبر ہینٛز۔

سُہ ییلہِ ژاو عبہٕ لالہٕ اوس بڈس پیٹھ دراز۔ آکسیجن پائپ أسس لأگتھ۔ بلی أسس اکہِ انڈِ نرِ موٹھ پھش دِوان تہٕ جیلأنی دوٗیمہِ انڈِ۔ باقے کورِ تہٕ تہٕنزِ زِ ترے شُری تہٕ أسی أتی۔ بلی ونیو عبہٕ لالس نذیر صأبس متعلق مگر سُہ اوسُس نہٕ یوٗرُک بوزانے اورٕ کُے کیاہ تام ونان۔ نذیر صاب تہٕ لوٚگ کن دأرِتھ بوزنہِ زِ عبہٕ لالہٕ کیاہ اوس ونان۔ باسیوس سُہ اوس ونان جیلہٕ صأبا کرنکھ مےٚ ڈنگہٕ سوارِ۔ پوٗرٕ حضرتبل تام چھُ گژھُن۔ چار چنارِ نش رُکوبہٕ تہٕ کھموٗئتی"۔

جیلہٕ اوُسس یورِ تسلاہ دِنہٕ کہِ آیہِ ونان "ڈیڈی...... ڈیڈی...... ضرور نِمو بہٕ توٚہی ڈل سأئلس۔ توٚہی مہٕ برِو پرواے۔ ستی اوس سُہ بینٛنن تہِ زن أچھٕ ستی ہاوان زِ وُچھو ڈیڈی کیاہ چھُ ونان۔

یہ بۆ زِتھ اوس نذیر صأب غوطن ہیؤ گوٚمُت۔ تس اوس وٕری ژٕنجی مرِ پڑ ون سٕہ منظر دیڈ مان۔

تمہِ دوٚہہ اوس سُہ دوٚرِ گامہٕ پٮ۪ٹھہٕ اتھ گرس منٛز روزان پوٚپھہِ نِشہِ آمُت۔ پڑانہِ مکانچہِ کأنی پٮ۪ٹھ اوس عبہٕ لالُن مول ٹاٹھی صأب دراز إٓخرشانڈ۔ جایہِ ہنٛز إٓسکھ تنگی۔ اوے اُس نذیر صأبس امہِ وِزِ ینس پٮ۪ٹھ پوٚپھ پریشان گٔژھتہٕ سُہ ییلہِ ہیرِ کھسانٕے اوس تمۍ اوس بۆ زمُت زِ سو اُس ونان۔ وائے وونی اوساأمِس میأنس بابہٕ ژھُرس تہِ اُزی یُن۔

ٹاٹھی صأبس اُسی ساأری شُری تہٕ زُری اُنڈی اُنڈی۔ اُڈی اُسی تلاوت کران، اُڈی اُسی کلمات پران۔ اُتھی منٛز ووٚن اڈٕ کجہِ زبأنی ٹاٹھی صأبن خوش پوش جوان سال ٹورسٹ افسر نیچوٚس گُن۔

"ناتہٕ نِکھ نامےٚ تیٚلہِ ڈنگس منٛز ڈل سأئلس سازندر گوٚون تہِ گرٛژھہِ آسُن۔ بتہٕ کھمو چار چناری نِش...... نیچوٚی دِژونس دلاسہٕ ضرور۔ مےٚ چھےٚ کتھ گرٕمژ گرٛژھی نے رژھا طبیعتس لوٚژر۔

نذیر صأب اوس یادٕ ترِس ژٕبتھ دِتھ۔

تمہِ دوہہ اوس سہ داہ باہ وُہر تہٕ یہِ منظر وُچھتھ ووڈ ھووتس

وأ راگ تہٕ وینیون مےٚ چھُ برین گرٛھُن ییتہِ لتس مائلی سنٛز پو پھٕتر

بینہٕ اَس۔ امی دوہہ تجو وُمُی تام یہنٛدی پرٛھی سکوٹرس پیٹھ ڈلگیٹ

تتہِ کھاجون گاڑِ۔ امی دوہہ اوس تمُی گوڈنچہ لٹہِ ڈلُک منہٕ مون منظر

پرٛہوترٛ اوان آب تہٕ اتھ منٛز نیلہِ آسمانُک عکس وُچھمُت۔

لتس اوس ڈلک ازوُ چھمُت ووزُل روٗخ تہِ دید مان۔ تہٕ

پانسے ستی اوس سونچان یہِ بدلاوکو تاہ وبکھت تہٕ وأنا کھ چھُ۔

ٹاٹھی صائبس اوس نمتہٕ وُہرس تہِ ڈلک پٕمیہِ وُن

منظر اَچھن منٛز زٕہرِتھ تہٕ اَچھ وٹنہٕ برٛ ونہہ اوُسس یہِ بیہِ اکہِ

لٹہِ وُچھنُک طماہ۔

عبہٕ لالہِ تہِ چھُ کامہِ لگتھ۔ اپور ترٛنچ سکھر۔ دپ توتہِ

چھُس کیاہتام خوبصورت منظر اَخرس تام امارزن بٕنتھ۔

سہ اوس اَتھی کنہس زِ اورٕ ژایہِ صبالیس وأ ری شُن شُر

کھونہِ اوس۔

تمہِ گرٕتس سلام نذیر صائبن ہووُس اَچھ ستی زیہِ چھاچونُے بچہ۔

تمہِ کوٚ راسہٕ وٕنہٕ ہوٚنجہِ کلہٕ ستی آنکار۔

سُہ گوٚو گوڈنچہ لٹہِ صحٕ پٹھہٕ خوش ہیوٗ۔ تہٕ اوس اُمِس موصوم شُرس مُدے گَنٛڈِتھ۔

سونچان اوس یِیلہِ یہِ فکرِ پیٚیہِ اَنٛدی پکی کس منظر کرِ اُمِس استقبال۔

نذیر صابس باسیو موصوم شُری زنہٕ گرٕ وُٹھن پھسرا ے تہٕ پرٛ ژھنس۔

ژے کُس منظر آسی تمہِ وِزِ اُچھن منٛز یِیلہِ ژٕ نیرٕنچہِ سکھرِ للکھ۔

کمرس منٛز دیُت گرِ پانٛژھ بجنُک الارم۔ تس پیوٚ ویاد دفتر واتنس گوژیر۔ شامُک بلٹن چھُ کرُن۔



# وُنل

گاڑِ اوس خوفناک چڑایہِ واپسی ہُنٛد سفر شروع کوٚرمُت۔ کارِ منٛز ڈرائیورس ورأے ترٛیشوٚے نفر آسی تنگ سڑکہِ ووکھ چڑایہِ کھسان ترٛ ہرٕ ژمتی باسان۔ دپ سڑک پیٚٹھ کُڈٕ رتہٕ پُرخطر أس اۄ ندپوٚک اوس تیوٚتے لوٚبہٕ وُن۔

زیوٚٹھ سرسبز پہاڑی سلسلہٕ تاحدِ نظر گہٕل جنگل تہٕ تمہِ اپور سفید شینہٕ وٕلتھ کوہ مالہٕ، بالہٕ دامنٛز وسہٕ وُن نالہٕ یُس دوٗر چڑایہِ پیٹھ اکھ لوٚکُٹ دٔرِ اوس باسان۔ منظور احمد، سریندر سنگھ تہٕ جیلانی آسی اَتھ بالس ٹنل تارنہٕ کہِ پروجیکٹ کہ سروے باپتھ اَتھ کُڈٕر چڑایہِ اپور ترٕتھ اور وأتی مٕتی تہٕ کأم أنز رأوِتھ

أسی واپس پکان۔ منظور احمدن اوس جیلہ زورٕ جبرٕ پانس ستی اونمُت یُتھ سُہ دُور علاقس گُن گژھتھ جایہ پھیُر کرنہٕ ستی تمہٕ ربودگی نِشہِ پھیرِ یوسہٕ تَس ہمیشہِ نال وٕلتھ باسان چھےٚ۔

جیلانین تہٕ اوس اِ موکھ آنکار کوٚرمُت یُتھ تَس اَتھ ٹنل پروجیکٹس ستی کام کرنک موقہٕ میلہِ، سُہ اوس یژھان پننہِ گرمحلہٕ تہٕ انگ أشناو نِشہِ دور تنہائی منز وق گذارُن تہٕ یؤت دور ڈیوٹی ہیکہِ ہے تَس یہِ مقصد پراونس منز بکار لگتھ۔

ڈرائیوراوس تہٕ ہُشیار مغزٕ تہٕ ماہر دپھ چڑایہِ سڑکہِ أسی تتھی کڈٕ ری موڑ زِپرٕ یتھ موڑس پتھ اوس باسان شاید گیہِ کار ڈلہٕ تہٕ سوارنفرن اوس محسوس گژھان زِوُنی ماین سأنی تان یتھ بالس چھکراونہٕ تہٕ پتو گژھن بون نالس منز مگر موڑ کراس گری تھے اوس باسان زندگی لوٚب ایکسٹنشن گرِ واتو وار کارٕ۔ گرِ کی گژھن خوش تہٕ پگاہ دِمو دفترکین پروجیکٹس متعلق رپورٹ تہٕ ہرگاہ پروجیکٹ منظور گوبار بار پیٚیہ اَمہِ کڈٕ رسڑکہِ گُذرُن۔

"تلہٕ ساو وستاد یہ ٹیپ ریکاڈر کرآن بوزناو کینژھا ترٛ ومبہٕ

تڑ ومبہٕ۔ تام لگوأتھ گُن‘‘۔ وۄتھ منظور احمد۔

’’آ تام موکلہِ یہٕ وۄ کھٕ چڑ آے‘‘ یہٕ وۄن سریندرن چندٕ منز چنگم تہٕ ٹافی کڈِتھ باقٕے سوار بن گُن پلہٕ ناوان۔

اما جیلانی اوس ربوڈٕ ہیوٚ سَنزِس منز وَسوٕنس نالس گُن مُدے گُنڈِتھ۔ تَس اوس امی ناٹکی پأٹھی زَن تہٕ پان دون تھدبن بالن درمیان شروکان تہٕ ڈوکان باسان۔ پڑتھ طرفہٕ أسی تَس وأراگ ٹلوٕنی زٕ سوال زَن تہٕ پتہٕ لاران۔

’’کیا زِ دیٚت تمہِ مےٚ دغا تہٕ کیا زِ لورٕ روٗن میانہِ پڑتھہِ ہُنْد کٕدِل ووٚنی کتھ تہٕ کس پپٹھ کرٕبہٕ پڑتھ‘‘۔

یکایک گو بیونب۔ روٗدٕ پھِری لأ گن تہٕ دوٚیمس موڑس تام واتان واتان گرن تِرٛتھ وُنل زِ ڈرائیورس پیٚیہِ گأڑی رُکاوٕنی تہٕ گاڈِ منز سوار سأری نفر لگی پریشان گٔژھتھ خوداہِ خوداہِ کرنہِ۔

منظور احمدن وُنُن اوس تِتھس خوفناک روڈس پپٹھ تِتھس موسمس منز پکُن گیہِ خودکشی۔ وُنل أس تیٚژ گنیٚمٕژ زِ یہِ طے کرُن

تام اوس مُشکل باسان زِ گاڑی چھا ٹھیک پأٹھی سایڈس تہٕ ہر گاہ پتہٕ یا بُتھ کانہہ گاڑی ناہنجار پأٹھی آیہِ پتہٕ کیا بَنہِ"۔

سریندر لوگ باقٕے نفرن دِلاسہٕ دِوان وننہِ۔

"وارے گرو و کرِ مہربأنی وُنل روز بس نہٕ جادس کالس"۔

پوٚز غلام جیلانی اوس وُنہِ تہِ ہوٚپ تہٕ دوٚپ گرِتھ زَن تہِ وسوٕنس آرس ءستی پیر گرٕھتھ خبر کوٚت ووتمت۔

لتس أس پننہِ زندگی ہٕنڈِس اہم موڑس پٮ۪ٹھ وأنا کھ وُنل نال وٕلِتھ گأمژ۔

وُنل أس رژھِ کھوتہٕ رژھِ گنان۔ "ءکرٕشا ضروری چھےٚ یہِ ٹنل اَمہِ ءستی گرٕھِ بالِ اپارِ یپور روزن والین درمیان 40 کلومیٹر فاصلہٕ کم تہٕ سفرتہِ روزِنہٕ یوت کٕڈٕر" سریندر اوس منظور احمدس کُن وَنان۔

"اہنسا ٹنل بوز وپتہٕ فلحال گرٕھی ازٕ یمہِ تاوِنہٕ منٛز موٕکلنٕ"۔

منظور احمد ووتھ وُتاوٕلی سان درجواب۔

"ہے صاحب جی، مہ بانبر یو روزِ ءکتِس کالس یہِ وُنل،

ترٛ ومبہٕ۔ تام لگوأ تھِ گُن"۔ وۄ تہٕ منظور احمد۔

"آ تام موکلہِ یہِ ووکھ چرٛ اٴے" یہِ وۄن سریندرن چنٛدٕ منٛز چتگم تہٕ ٹافی کڑِتھ باقےٕ سوارٕ ہن گُن پلہٕ ناوان۔

اما جیلانی اوس ربوٕدٕ ہیوٚ سَنرِس منٛز وَسوٕنِس نالس گُن مُدے گنٛڈِتھ۔ تَس اوس امی ناٹکی پاٴٹھی زَن تہٕ پان دۄن تھدٕ ہن بالن درمیان شروکان تہٕ ڈوکان باسان۔ پرٛ تھ طرفہٕ اُسی تَس واٴراگ ٹلوٕنی زِ سوال زَن تہٕ پتہٕ لاران۔

"کیازِ دیٛت تمہِ مےٚ دغا تہٕ کیازِ لوٕر روٗن میانہِ پرٛ ٹھِ ہُنٛد کٲدل ووٕنی کَتھ تہٕ کس پٮ۪ٹھ کرٕ بہٕ پرٛ ٹھ"۔

یکایک گوٚ بیونب۔ روٗدٕ پھری لاٴ گن تہٕ دۄیمِس موڑس تام واتان واتان گرن ترٛ ٹھ وُنٛل زِ ڈرائیورس پیٚیہِ گاٴڑی رُکاوٕنی تہٕ گاڈِ منٛز سوار سارٕی نفر لگی پریشان گژھتھ خوٗدایہِ خوٗدایہِ کرنہِ۔

منظور احمدن وَنُن اوس تِتھس خوفناک روڈَس پٮ۪ٹھ تِتھس موسمس منٛز پکُن گیہِ خوٗدکشی۔ وُنٛل اُس تیژ گنیمژ زِ یہِ طے کرُن

تام اوس مُشکِل باسان زِ گاڑی چھا ٹھیک پاٹھی سایڈس تہٕ ہرگاہ پتہٕ یا بُتھ کانہہ گاڑی ناہنجار پاٹھی آیہ پتہٕ کیا بنہِ"۔

سریندر لوٚگ باقے نفرن دِلاسہٕ دِوان ونہِ۔

"واے گرٕوو کرِ مہربانی وُنل روزبس نہٕ جادس کالس"۔

پوٚز غلام جیلانی اوس وُنہِ تہٕ ہوٚپ تہٕ دوٚپ گرِتھ زَن تہِ وسوٕنس آرس ٲستی ییر گرٛھتھ خبر کوٚت ووتمُت۔

لتس ٲس پننہِ زندگی ہنٛدِس اہم موڑس پیٹھ واٚنا کھ وُنل نال وٕلِتھ گاٚمٕژ۔

وُنل ٲس رژھِ کھوتہٕ رژھِ گنان۔ "ٲکرٕژا ضروری چھےٚ یہِ ٹنل اَمہِ ٲستی گرٛھِ بالِ اپارِ ییور روزن والین درمیان 40 کلومیٹر فاصلہٕ کم تہٕ سفرتہِ روزِنہٕ یوت کڈٕر" سریندر اوس منظور احمدس کُن وَنان۔

"اہنسا ٹنل بوزوپتہٕ فلحال گرٛھی ازییمہِ تاونہٕ مٔژ موٕکلنٕی"۔

منظور احمد ووتھ وُتاوٕلی سان درجواب۔

"ہے صاحب جی، مہ بانبر یو روزِ ٲکتس کالس یہِ وُنل،

ووں گوٚمے دِیو اجازتھ سگریٹ زالنس۔ مےٚ آیہٕ بڑٕ ٹٹھ۔ دِلاسہٕ دوان ووٚن ڈرائیورن۔

تٕمۍ ہٕنٛدِ لایٹرز النہٕ وُچھ وُنلہِ منٛز سارِوٕے اکھۍ اَکِس بٕتھ۔ سارِنٕے اوس بٕتھس وہٕ شِلُن پھیوٚ رمُت تہٕ امہِ سٟتۍ کوٚر تمو وُشنیر ہیوٚ محسوس تہِ کیاز بالہٕ تھزرس پیٹھ اٟس وُنلہِ سٟتۍ ترِ بٕرٕژ ژھٹہٕ ہن تہٕ۔

"ہیو جیلاژ تہِ کرتا کتھاہ" منظور احمد ووٚتھ بییہٕ غلام جیلانیس کُن مگر سُہ اوسے نہٕ زَن اتہِ سُہ اوس خبر کمن گوتن۔

"اٟخر کیاز دِیُت تمہِ مےٚ یُتھ دوکھہ تہٕ کوٚرنس ہورکاوہیوٚ، سُہ لوٚگ پتھ کال یاد کران دآیرِ نہٕ"۔

پانٛژھ، شےٚ ؤری بروٚنٛہہ اوس سُہ سٟٹھاہ خوشحال تہٕ خوش مزاج نوجوان یٕہنٛز شرافت تہٕ لیاقت قبیلہٕ تھکان اوس۔ سُہ اوس کتھ تام جان کمپنی منٛز سعودی عرب انجینئر۔ گرِ کٕنو کوٚرس اسرار زِ نیتھر کرِتہٕ تمو ے ژھونڈ گرِ تہٕ کوٚرتہِ۔ اٟخر سپُد دُم دامہٕ سان خاندر سو تہِ اٟس انجینئر تہٕ سرکٲری محکمس منٛز مُلازِم۔

تمیٚ کوٚرنہٕ گرِ کَمن ہِنٛدِس فائصلس کانٛہہ زیادٕ تِچھ تِچھ۔ خاندرٕ
پتہٕ رٔٹھہاہ بأگروو تَس آشنہِ جان لول تہٕ گرِ کُنُو کوٚ رُس اسرار زِ
خاندار ہٮ۪ٚنٛز تہِ نِن سعودی عرب۔ اما خاندارنہِ وٚون زِ پاسپورٹ
کاغذ چھ نا تیار اوے دژا اوسہ یہِ وومید ہتھ زِ جلدٕ ے گژھِ تٔہنزِ
آشنہِ ہُنٛد پاسپورٹ تیار تہٕ سوٗ تہِ واتہِ سعودی عرب۔

اما تَس اَسی نہٕ پے زِ تَس چھُ پاسپورٹ بناوُنہٕ آمُت۔ تَس آو
وننہٕ ویرفکیشن چھنہٕ مکمل سپدان تہٕ سُہ رٗ دِ پرٛتھ صُبحس تہٕ پرٛتھ
شامس پرٛاران یوٚ تام 10 رٔتھ گے تہٕ سُہ بیٚیہِ چھُٹی پٮ۪ٹھ آو۔
چھُٹی ہِنٛدِس رٔتس دوران گرٕ خاندرانہِ تَس لولہِ متہٕ لاے تہٕ
افسوس بوٗ ن زِ پاسپورٹ میوٗل نہٕ تَس تہِ کیا زِ تَسُنٛد مول چھُ کتھ
تام وولہر شہِ منٛز سرکار مخالف کارکن اوسُمت۔ یہِ بوٗزِتھ ووٚتھ سُہ
آشنہِ زِ سُہ گژھنہٕ سعودی عرب تہٕ ژھانٛڈِ بیٚیتی کینٛہہ کأم کار۔ اما
سوٗ ژھس مردس چھےٚ شوٗب کامہِ کارٕ ستی۔ یوٚت پأنسہٕ مابنہِ
بیٚتہِ کرتام زِ ترٛٔ ے وٗری یہِ نوکری تہٕ سُہ دژاو بیٚیہِ اکہِ وٗری یہِ
باپتھ سعودی عرب۔

سوٲس تَس ٹیلیفونس پېٹھ سخت ماے ہاوان تہٕ آے کانچھان تہٕ دور بر نہ زرنٛگ باس دِوان ۔ اَمہِ ستیٚ اوس پردیس منٛز اکھ اکھ ساعت تس اکھ اکھ قیامت باسان ۔ اما طویل انتظار پتہٕ ییٚلہِ سُہ بییہِ گرٕ آو تہٕ تٔمۍ واپس نہ گژھنٛگ اعلان کوٚر تیٚنز خاندر گییہِ خوش گژھنہٕ بجاییہِ پریشان ۔ تمہِ لوگ تس نِشہِ دور ہیٚون ۔ سوٲس گرِ سُلہِ نیران تہٕ شامس ژیر تام ٲس نہٕ واپس یوان ۔ جیلانیس گو کیا ہتام شک ۔ تٔمۍ کوٚر یوت ژیرینس پېٹھ اعتراض ۔ چھلہٕ پھوٚل سپُد تہٕ ٲخرژ ایہِ سو پگاہ صُبحس یہٕ وٕنتھ زِ سو تژ اوِ ووٕنی نوکری اما پتہٕ آیہِ نہٕ پوٚت پھِرتھ ۔

غلام جیلانیس کوٚر تیٚندِ بو ماٲلنو کور غائب گٔرتھ قتل کرنٛک پُلسہٕ کیس ۔ تٔمۍ دِنی پھنزارٕ زِ تَس نیرنا پے پتاہ البتہٕ یتے ننیوس سو ٲس محلہٕ کِس کس تام بڈس صاحبس ستیٚ گوڈٕ پیٹھے نٲلی نال ۔ تمہِ اوس زٲنتھ مأنتھ تِتھس نفرس ستیٚ خاندر کوٚر مُت لیس گرِ دوراوس یُتھ تس پورٕ آزٲدی میلہِ ہے ۔ تُہند واپس یتھ ییٚنی روزنہٕ کہِ فأصلہٕ ٲس سو پریشان گمژ تہٕ دپان تٔمۍ صاحبن

چھُ تَس کتھ تام میٹرو شہرس منز فلیٹ تہٕ دیاونو ومُت تہٕ نوکری تہٕ ۔ سُہ تہٕ چھُس توٗری سمکھنہٕ گژھان ۔ اما جیلانیس ننیوونہٕ از تام امہِ کتھِ ہُند کانہہ ثبوت ۔ سُہ گوپانے ہورکاوِنتھ ۔ تس چھ یاردوس ٹاوس تُلان ۔ انگ اُشناو چھس نوٚ وینتھر کرنک باند باند کران ۔ اما تس چھےٚ بےٚ بُسی نال وٕلتھ ۔ سُہ اوس سونچان کاش سوٚ پییہٕ ہے تس بُتھِ سُہ نیٚہ تَس بلاپوٚ چھےٚ قتل کرِتھ ۔

جیلانی اوس اُتھی گُنٛہس زِ منظور احمدن تہٕ وُتَس شانن اتھٕ ستیٚ ٹاس ہیوٚ ۔ وُچھوٗنلہِ ہاگیہِ فرق ۔ وَژھر ہیوٚ ہا گوٚو ۔ سُہ گوٚو مَرِ ہند رِزَن بیدار ۔ وُنل آسخت وُنل چھےٚ تمی وٚون وورشورونہٕ کہٕ اندازٕ ۔

"نساتہٕ ژٕ اوسکھ اُندری اُندری ژٕ ندرگام ووتمت ۔ وُنل اُس اُدِ پیٹھِ بوزنے اوس نہٕ یوان کینہہ" ۔

منظور احمدن وٚون جیلس کُن ستیٚ پھِرُن ڈرائیورس کُن روخ تہٕ وٚونُس ۔

"ہے ووستا پکھ ساہیہٕ خودایہِ سُند ناو تہٕ دِوارٕ وارٕ قدم" ۔

''یہِ گوخوداییہِ سُنٛد قوٗدرت مےٚ دوٚپ ظاہریایمو نۍ أسی اَتھی کُنہِ ییمہِ چڑاییہِ پیٹھہِ ہرگاہ تتھے زَرِ گرٛشھِ اورِ یورٛ''۔ یہ اوس سرینٛدر ونان۔

''وَتہٕ گتن لگہِ نہٕ پٔژھن کتھن کھوٗژن۔ سفرس منٛز چھ یوانۍ کم کم مُشکل دَپھ دوہے نہ روزان کینٛہہ۔ پرٛتھ گٹہِ پتہٕ چھُ گاش یوان۔ بنی آدم گرٛشھِ نہٕ ہمت ہارُن''۔

غلام جیلأنیس گیہِ ڈرائیور سٕنٛز کتھ زَن ترِتھ سُہ لوٚگ سوٗنچنہِ ہرگاہ یہِ ووسٕتہٕ یوت پرُ وومید چھُ حالانکہِ وُنی اوس یہِ ووکھ وُنلہِ منٛز پھسیوٗمُت، سُہ کیا زِترٛاوِ زوٗنٛچ آش تَس تگہِ نا نیرن تمہِ وُنلہِ منٛز یوسہٕ تس نال وٕلتھ چھےٚ سرفس سٕنٛدی پأٹھی۔

تس پیوٗ وِیاد مامہٕ کاکن کِتیاہ جستہٕ خأز أسی تس گرٕمتی اوترٕ تَس خاندرپتہٕ دویہِ رٕتی بے سرٕگمٕ کورہٕنٛدِس منٛز یوسہٕ وچھ بلک نارجوأنی ہٕنٛد بن یمن ایامن منٛز برداش کران آمٕژ چھےٚ۔ مےٚ پزِتَس پیٹھ پرٛژھ کرِنۍ تمٕی دأیرُ بییہِ پانسے ستی۔

ووٚنی اوس نب صاف گوٗمُت تہٕ مٔدرتاپہٕ لوٗتہِ أس ڈلوٕنہِ

دوہہ دزٕ اٮ۪ژ۔ گاڑی اُس ٹاپ کراس کٔرِتھ دوٚیمہِ طرفہٕ وسوٕنس مٔنزلس کُن لمان۔

''ٹنل بٔنتھ ییہِ یتھ سڑکہِ سفرس مزٕ''۔

منظور احمد اوس ڈرائیورس ونان تہٕ غلام جیلانیس تہِ اوس گوڈنچہِ لٹہِ اَتھ سفرس مٔنز کیا ہتام مزٕ دار ہیوٚ سپدان باسان۔



# ہیرو

آنگنس اوس اکہِ اَنڈ تاپھ پینہِ لۆگمُت تہٕ یِوٕنہِ سونتُگ خوش یِوٗن ہواتہٕ وُشنیر اوس کہالت ترأوِتھ سُلہِ گرِنیرِتھ سونتُگ ستہٕ رٔنگی فِظاوُ چھنَس گُن مأل پھِران۔

اماسہ اوس کچنَس منز بہِتھ دوہ دِہٕشکی پأٹھی ازتہِ اخبار اَتھس کِتھ رٔٹِتھ زن تہِ اَتھ لیوٗنی دِنہِ لۆگمُت۔ چایہِ شیٹ اوس تَس برٛونٛہہ گنہِ تہٕ ستی أسی وُنہِ پیالہٕ تہٕ ژوچہِ ہَن تہِ وہرأوِتھے۔ دَپھ تہنز آشینٛز أس کرتام چاے چیتھ اپورپنُن گُٹھ أژِتھ چیز شیرنہِ بستر ٹُلنہِ تہٕ دویمہِ کامہِ کرنَس منز محوتہٕ شُری تہِ أسی سکھرِتھ گیٹہٕ نبر سٹرکہِ پیٹھ سکول گاڑِ پراران مگر سُہ اوس زن تہِ

اخبارَس لاَرِتھ گومُت۔

یہِ اوس نہٕ أزی یوٚت زِ سہ اوس سٔنتھ اخبار پرنہٕ بیوٗمت تَس چھُ لوکچارٕ پیٹھے اخبار سٔنتھ پرٕنگ تہٕ کانٛہہ تہِ خبر یا قصہٕ غورٕ سان بوزنُک تہٕ بیٚین بوزناوُک عادت۔ ووٚنی گوٚینہٕ یتھ پتھرِ منٛز وولہٕ ہرِش ؤ ژھ تہٕ کامہِ کارٕ بجایہِ اخبارن تہٕ بیانٛن زیادٕ چلے جاوِلوٚگ تنہٕ چھُ سُہ گرِ کیوٚ دفترِ زیادٕ پہَن وق اخبار پرٕنس منٛز گُزاران۔ اکُے اخبار دوٚہس منٛز دوِیہ ترٕیہ لٹہِ پران تہٕ کانٛہہ کانٛہہ خبر بار بار پران۔ اَکھ اخبار ترأوِتھ یہے خبر بیٚیہِ اخبارٕ منٛز تہِ پران تہٕ پتہٕ زن تہٕ پانٕسے ستی گٔتھ کران۔

تَس چھُ لوکچارٕ پیٹھے بیٚا کھ عادت تہِ یتھ پیٹھ تَس ہم کار فوتہِ ٹلان آمتی چھِ۔ کانٛہہ تہِ خبر یا واقعہٕ یا قصہٕ بوزِتھ چھُ یا شاہ گرِتھ سوال ٹلان زِ اَتھ قصس منٛز گس ونو ہیرو۔ ہرگاہ محلہٕ کٕہن دون ٹولَن گرِ کٕہن دون بأژن یا ادِ دون پارٹین یا دون مُلکن کُنہِ معاملس پیٹھ مجادلہ لگہِ تہٕ سُہ یہ پانہٕ وُچھِ یا اَتھ متعلق پرِ یا بوزِ سہ چھُ پتہٕ یہِ پھرِنہٕ وِزِ عام پأٹھی یتہِ وَنان زِ تَسندی کٕہن

چھُ فلأنی شخص یا فلأنی گروپ یا مُلک یا لیڈر اَمہِ لڑایہِ ہُند ہیرو۔ ونگوسہٕ چھُ اکثر اَتھ کَتھ پیٹھ راوان زِ سُہ یَس از کُنہِ وقہک یا قِصک ہیرو مانان چھُ گمے کالی چھُ تَس متعلق تیُتھ کینہہ ننان زِ گُمانہٕ چھُ گڑھان ہیرو آسنہٕ بجایہِ چھُ سُہ' یاتہِ ولِن نتہٕ کانسہِ بڈِس ولِنہٕ سُند زرخرید۔

پرٛتھ کَتھِ منز ہیرو ژھانڈنکی أمی عادتَن اوس سُہ یارن تہٕ زأنی کارَن منز ہوٗر کاو بنومُت۔ یم ونان أسی زِ تَس چھےٚ ہیرو پرٛش۔ تِم أسی تَس ٹاوَس تُلنہٕ خاطرِ منزی نوٚی نوٚی قصہٕ بوز ناوان۔ یتھ سُہ ہیرو لنڈ تُلہِ تہٕ تِم اکھا کَس أچھ ناٹھ کرِتھ تَسنز چارٕی لازی مزِ تُلہن۔

تَس اوس پانَس تہِ احساس زِ لوٚکھ چھِ تَس ٹاوس تُلان۔ خاندرٕ پتہٕ کرِ تَس آشنہِ تہِ واریاہ پھرِ بے وأری تہٕ سمجھوٗن زِیرٕ بتھ کَتھ تہٕ ہیرو چھُنہٕ عقلہِ ہُند بلکہِ بیقلأ زی ہُند اظہار۔

آشنہِ ہُندِ سمجھاونہٕ پتہٕ گمے کالی وٕژھ پور پتھر منز وولہِ ہرِش تہٕ پرٛتھ اکھا گوٚودم پھُٹ تہٕ زَن تہِ یمہٕ بنیہِ تھاہر یہِ پورٕ

بُستی۔ تَس تہٕ باسیوٚ وزِیہِ عادت ہیکہٕ تَس حقہٕ بَل واتناوِتھ تہٕ تمی کوٚر قصد زِ سُہ تراوِ ووٚنی پرٕتھ قِصس منٛز ہیروٗ ژھانڈُنک یہِ عادت تہٕ گرِنہٕ کانٛسہِ ہتی یِژھ گتھ۔ مگر عادت ماچھُ یکدم مشان۔ سُہ گوٚو چارو ناچار ہے نہ پرٕ یہِ اُتُر کران تہٕ لوٗکھ رُوٗدی تَس فوتہِ تُلان تہٕ منٛزی پیٚیس گتھ شلکو علاوٕ اَتھ شلکھ تہِ ژالنۍ۔ آشنہِ ہُنٛد زُرکہِ تہٕ پامہٕ گیے اَستھے تہِ گرِتھ تہِ اوس سُہ ووٚنی زیادٕ پہم کانٛہہ قصہٕ یا خبر بوزِتھ پرٕتھ کانٛسہِ کینٛہہ وَننہٕ بجایہِ زن تہِ پانٕسے پرٕژھان زِ اَمہِ قِصُک ہیروٗ گس وَنوتہٕ پتہٕ اوس اَندری اَندری زن تہِ اَتھ سوالَس جواب دِوان۔ پرٕتھ دوہہ صُبحس یُتھے اخبار واتان اوس سُہ اوس اَتھ لیٚونی دِنہِ بیہوان تہِ کانٛہہ کانٛہہ خبر بار بار پران تہٕ پانَس ہتی خبر کیا کیا سونچان۔ یہِ کران کران آس تَس صُبح چاے تام مشان تہٕ آشنہِ آسس بڑٕ شرارتھ کھسان یَس گرُک دلہٕ وانزل اَنزراوَنس تہٕ سکھرِتھ دفتر واتنس اَمہِ ہتی ژیراوس گژھان۔

ازٕ آس اخبار واتنہٕ پتہٕ ژوریم وِبزِیلہِ تمی اخبار اَتھس کِتھ

تٕلِتھ سوٗے خبر بییہٕ پٔرِمژٕ اُس۔ یہِ خبرٕ اُس تہٕ حاٰران گُن تہٕ فلمی آیہِ لیکھتھ اوس۔

"زٕ دوٗہہ برٛونٛہہ یُس واقعہٕ اَکِس اسسٹنٹ انجینیر سٕنٛدس مکانس پیٹھ نامولوم بندوق بردارو ڈٕسی گولہِ چلاوُنک پیش آمُت اوس تتھ چھُ تردرامُت۔ ننیومُت چھُ یہِ زِ حملہٕ آورن اوس خاندارٕ قتل کرُنک ٹھیکہٕ خود انجینیر سٕنٛز جوان سال آشنہِ دِیُتمت۔ تمہِ اوس اَکِس زمینہِ درالہٕ سٕنٛز ذریعہ یمن بندوقین سٕتی سٕزٕ زٕ گرِتھ اکھ تیُتھ منصوٗبہٕ بنومُت زِ انجینیر سُنٛد قتل باسہِ اکھ عام واقعہ"۔

"از تام چھُنہٕ یتھ پتھرِ منٛز لوکو پرٛنہٕ پاٹھی یتھ ہیوٗ کینٛہہ سپدان وُچھمت"۔ اخبار پیٹھ نظر تٕلتھ لوٗگ سُہ پانٕسے سٕتی سونٛچنہِ۔ بوزوٗے تہٕ اَمہِ آیہِ واقعات اَسیٖ فلمَن منٛزٕ لبنہٕ یوان۔

فلمہِ ہُنٛد خیال یوانے تروٗو تمی وُوشاژن تہٕ تَس پتھ کالن نادلوٗے (وٗری ترٕٛہ دوٗیہ ترٕٛہ) برونٛہہ اوس سُہ مدرس گرٛھان تہٕ تَسنٛدی زٕ پترٛی بأے اَسی مِستری وانٛس پیٹھ کأم کران تمن

دوہَن اوس ژہ پاسے امن تہٕ سکون، تہٕند پٹرۍ بأے أسۍ ہفتگ تھکُن ژٲلی راونہٕ باپتھ آتھوارِ دوہہ ٹا کی گرٕ شھان تہٕ تمہٕ دوہہ نیوو تموسہ پانَس ءستۍ۔

تتھ اَنہِ گٹہِ ہاکس منٛزٕ اژان اژانٕ اوس تَس گوڑ کھوژُن باسیو مُت مگر پتہٕ ییلہِ پرٛدس پیٹھ کھیل لُجٕ تہٕ تمۍ اَتہِ پانس ءستۍ بڈۍ لوٕ کٕٹ زنانہ مردوار یاہ نفرُ وچھ تَس گو اطمینان۔ منٛزۍ اوس ژر پوٚپ سپدان تہٕ منٛزۍ شُرٕ نہِ گربز۔ وارٕ وارٕ آو تَس تہٕ سبٹھا مزٕ۔

امی دوہہ تو رتَس فِکرِ زِ پرٛدس پیٹھ ہاونہٕ یوان کھیلہِ منٛز چھُ اَکھ ہیرو آسان یُس پانَس أندۍ ٻکۍ روزن والین کأنٛسہِ ظألمَس تہٕ جأبرس نِش بچاوان چھُ۔ یہِ ظأئلم چھُ تَس ختم کرنکۍ کم کم سنٛز تہٕ سامانہٕ کران مگرأمِس ہیروس چھُنہٕ پوشان۔ ہیروس چھُ کأنٛسہِ حورو پٔرۍ باسَن واجنہِ کوٗرِ ءستۍ سخت محبت آسان تہٕ ظألم وِلن چھُ تمن جور جُدایی کرنچ پرٕ ءستھ ژھونبھ ورتاوان۔ پتو چھُ ہیرو وِلنَس ساٖتھی ہتھ زیر کران یا ماران تہٕ پنٕن محبت پروانَس ءستۍ ءستۍ أندۍ ٻکۍ لوٕکن تہٕ اھنٛدِ ظلمہٕ تہٕ

استحصالہِ نِشہِ بچاوان۔

سوے أس وِزتہٕ سے زَن اوس ساتھ تَس گرأمی ہیرون تھچھ "سُہ تہِ لوگ پڑ ٕتھ اتھوارِ فلم وُچھنہٕ۔ پتٕری بأے تہِ کوت کال دِہن پوٚنسہٕ۔ سُہ اوس ماجہِ اکھ نتہٕ بیاکھ بہانہٕ کٔرتھ پوٚنسہٕ ہوٚوان۔ گراسکولہٕ فیس تہِ فلم وُچھنَس پیٹھ خرچاوان یوتام گرکین یہِ گتھ ننیہِ تو تام اوس تَس سبٹھا چشقہٕ ژامُت۔ ووٚنی اوس تَس وار یا پھر گرمارتہِ پیوٚان۔ مار کھینہٕ وِزِ اوس سُہ گن رٹان زِ ووٚنی وُچھنہٕ یہٕ فلم مگر آتھوارِ یوٚنے اوس سُہ زَن بیقرار گژھان۔ سُہ اوس پانَس تسلا دِوان۔ "اِدِ دیتھ سکولہٕ مار، اِدِ لوے گرِ مائلی۔ ہیروس پِچھنا چوب پیٚوان ڈیشم ڈیشم" تہٕ پٕی سوٚنچان اوس تھکھ سنیما ہالَس نِش تراوان۔

پتہٕ وٕژھ وولہٕ ہرِش تمام ٹاکی کرٕکھ بند، تَس تہِ وِژھ تھچھ تہٕ سُہ لوٚگ پڑاأیی کرنَس گُن مگر پڑ ٕیتھ قصَس منٛز ہیروٚ وژھانڈٕ پنچ یہِ لش درایس نہٕ یہِ زَن تہِ أس تَس خوٚنَس منٛزے پیوست گأمُت۔ تَس اوس اخبارا تھس کیتھ مگراوس غوطن گژھتھ خبر کیا

دأیران۔ یورژایہِ تَسنز آشینٛ تہٕ سُہ وُنہِ اَمی آیہِ اخبارٕ ٹتھ وُچھتھ دیٛت تمہِ بمن درسہٕ تہٕ أچھ ٹکرِتھ وونٛس۔

''ژٕ چھُہم وُنہِ سوندرِ ہنٛدی شانٕد بہتھ دوہہ ووت دوپہر۔ مےٚ چھُ پتہٕ ژیر گژھان ژےٚ چھےٚ ہشی گتھا ژےٚ نیری ووٚنی امی اخبارٕ منٛزٕ''۔

آشنہِ ہنٛدِ ترکجاٗ زَن گوٚ وسُہ مَژٕنہ درِ بیدار تہٕ یوتےٚ ووٚنُن تَس۔

''کینٛہہ چھُنہِ نیرٕ ژٕ مےٚ چھُ از ژیری پہن نیٛرن''۔ سو گیہِ وُٹھ پھیشان تہٕ چایہِ شیٹ پیالہِ وَٹان تہٕ ژایہِ باتھ روم۔

رَژھا ٹھہرِتھ تُل تمی بییہِ اخبار اَتھس کنتھ تہٕ لوٚگ یہے خبر برٛ وٕنہہ گُن پرنہِ۔

''فایرنگ سپدنہٕ پتہٕ دوٚیمہِ دوہہ اوس پُلسن انجینر صأبَس تہٕ تہنٛزِ آشنہِ نادسوزمُت تھأنَس پیٹھ ینہٕ باپتھ یتھ تم اَتھ واقٕہس متعلق چشم دید بیان درج کرَن۔ مرد آو مُنش ہنٛدِس کمرس منٛز ژاننہٕ تہٕ آشنٛی گرکھ بیان دِنہٕ موکھ خوتون انسپکٹرس سُپرد۔ ووٚں گوٚ تَس یُس بوٚ ڈیٚرس نأکی اوس سُہ رٔ ودڈی، الیس

پی صائبنسے کمرس منز۔

اَتھ پرٕ سس منز اُسی بیک وقت ترٛے موبایل فون۔ رژھا گرٕ ھتھ آیہِ یموے منز اَکس فونَس کال، ڈی، ایس، پی صابن اُنی خوتون کانسٹیبل بُلاوِتھ تہٕ وۄننس ہُشیاری سان کرفون کال اٹینڈ۔ صرف ہیلو تہٕ ہاں ہاں کرِتھ بوزاورٕ کُنے۔ اَمی فون کالہِ ستی دراو اَتھ گتھِ شَل حاًران کُن سازِش گیہِ ننگہٕ۔ کاروأیی سپز شروع۔ تریشۆنی فونَن ہنٛدی سِم کڈِتھ آو کال رکارڈۆ چھنہٕ تہٕ یہِ نتیوتہٕ بۄزِتھ گیہِ سأرے پتھر حاًران۔

یہِ پران پران ترٛ ووِی بییہِ زبۆٹھ ووش تہٕ لۆگ سونچنہِ۔

''یتھ کہانی منز تہٕ چھُنہٕ از کلچہِ پرٛتھ کہانی ہنٛدی پأٹھی ہیرونظرِ گرٕ ھان۔ خاندار نی۔ ییمہِ یۆت خوفناکھ منصوٗبہٕ بنوو۔ تہٕ چھےٚ وِلَن سُندے رول کران۔ تمہِ یَس زمینہٕ دراَس اَتھِ بندو قین ستی رأبطہِ کۆرتہٕ یہِ زبۆٹھ منصوٗبہٕ بنووزِ کتھِ گرٕ ھَن پایہِ پایہِ تِتھی حالات زیٛلہِ انجینر گۆلی لاٚتھ مارنہٕ ییہِ۔ پرٛتھ کانٛسہِ باسہِ یہِ ووله ہرٛشہِ دوران سپدان اکھ عام واقعہٕ۔ تَس دراَس تہٕ

کُس وَنہٕ ہیرو۔ گولی چلاون وٲلی کرایہِ قاتِل تہٕ پانہٕ انجینٔر تیمی محبتس منٛز اُمس خوبصورت لاوِز نانہٕ ستۍ خاندر کوٚرتہٕ سوا تھ حالَس واتناوِز سو سپز تَس قتل کرناوس تہ اَمہِ باپتھ سرٛون منصوٗبہٕ بناونس پتھ تیار تہٕ ہکہِ نہٕ ہیروٗ اَستھ۔ اما گوٚو کیاز مانَس ازکل چھُنہٕ یتھ پتھرِ نہٕ سارےٚ عالمس منٛز کُنہِ جایہِ کُنہِ لڑایہِ منٛز کانٛہہ ہیرو لبنہٕ یِوان۔

پرٛتھ ہر پرٛتھ لڑٲے لوٚکٕٹ یا بڈی چھےٚ دوٚن وَلنن ہنٛز ہِرباسان۔ یِی سونچان کوٚڈ تمی زیوٹھ بریوڈتہٕ تُلن اخبار بیٚیہِ اَتھس کنتھ تہٕ لوٚگ بیٚیہِ یہےٚ خبر پرنہٕ۔

"دپان یتھ محلَس منٛز یہِ واقعہٕ سُپد تتہٕ چھِ زیادٕ پہم لوٚکھ ونان زِ اصلی وِلن چھُ پانہٕ انجینٔر تہٕ کیازِ گوڈٕ کوٚر تمی اُمس خوبرو لوکچہِ مالدار کورِ ستۍ مَس مِلہِ خاندر۔ ہاوس کوٚرُن تہٕ لوٚگ بیٚیہِ دٕ چھنٕ کھووری تھپہٕ دِنہٕ۔ آشنہِ کریہِ بیوٹی پالرترٲوِتھ الگ کاروبار شروع کرِتھ غم دفایِ ہنٛز سبیل تتھ تہٕ اُنٛس تھوس تہِ کیازِ سُہ اوس یرٛشان سو گرٛشہِ گرس تامےٚ موحدود روزٕنی یتھ تسندِ بن

رنگین مزاج ارسرن پیٹھ اثر پیٚیہِ نہٕ۔

"مگر لوگن ہُند بیا کھ دۄر رچھُ وَنان زِ زنانٕے درایہِ پیٹھ خطرناک تہٕ کمینہٕ۔ پتہٕ کیا گیو مرد اوس أچھ موکُر تہٕ آشنہِ اوس گر ہسے منٛز تھاوُن یژھان۔ تِتھی ماملہٕ چھِ آمتی مگر زنانہٕ آسِتھ پیٹھ سنگ دِلی"۔

اخبار پیٹھِ نظر تُلان لۄگ سُہ وونی زَن تہٕ تالوس گُن وُچھتھ پانٕسے ستی بیٚیہ کتھ کران۔

"مگر یم گولہِ چلاوَن والی چھِ أن تہٕ غأن تِتھی کرایہِ قاتِل تِتھی فلمَن منٛز آسان أس۔ ہارٕ ٹتھ کلہٕ کھاپرٕ تُلنس منٛز چھُنہٕ یمن کانٛہہ عار یا انصاف یِوان۔ کوسہٕ وَنن گیہِ یمن تہٕ۔ کیا گمانہٕ اوس پتھرِ ہنٛد ہن بیکسن یمن متلق۔

سُہ اوس أتھی عالمَس منٛز زِتھنٛز آشینٛ أس وونی پان پأرِتھ دفتر نیرنہٕ باپتھ تیار تَس برونٛہہ کنہِ۔

"ادساتہٕ ژٕ تراوکھ نہٕ اخبار بہٕ نیرے وونی ہرگاہ گری رودُکھ باتھ رومَس منٛز چھِ واریاہ پلوڈ ریس یمن کڈی زِ واشنگ

مشینہِ منز چھوکھ"۔ یہِ وَنان دیُت تمہِ بیۓ بمُن دزسہٕ تہٕ درواز کوٗ رُن ٹاس کرِتھ بند تہٕ درایہِ۔

آشنہِ ہنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ ٹُل تمۍ بیۓ اخبار تہٕ بافرصت لوٗگ پرٛ بتھ خبر پرِتھ سوٗنچنہِ زِ کُنہِ تہِ واقعس یا قصس منز ماچھُ کانٛہہ تیُتھ کردار ایس سُہ پزنہٕ پأٹھۍ ہیرو ؤنتھ ہیکہِ۔ سوٗرے اخبار پرِتھ تروو تمۍ وٕش۔ سوٗنچنہِ لوٗگ زِ آخر کوٗ و کوٗت یہِ ہیرو۔ یہِ کیا زِ چھُنہٕ کُنی ووتلتھ ہبکان۔ یِی سوٗنچان وچھِ تمۍ اچھ تہٕ تَس زَن گوٗ وبدلے آلو کَنَن۔

"یتھ پتھرِ چھِ پتھ کالہِ وار یاہ ہیرو ؤتھۍ متۍ۔ سُہ تیٚمۍ سرٕ منز آب کڈتھ جل دیو ماریو تہٕ بستی کن دژا اوس گوڈنیک بوٗڈ ہیرو۔ مگر ازکل چھُ بُستی والین ہنٛدِس وندسرس منز جل دیوٕ نو سَرِ ووتلیو مُت توے چھُنہٕ کُنہِ کانٛہہ ہیرو ووتلان"۔

یہِ آلو بوٗزِتھ پھٹ تَس وُسوأسی تہٕ اچھ مُژرِتھ لوٗگ سُہ پانس ہیر بونہٕ نظر ادِتھ کیاہتام ژھانڈنہِ۔



# پوٚختہٕ یارٕز

ماسٹر جی اوس بورڈس نکھہٕ استادٕ تہٕ بورڈس پیٹھ اوسُن زٕ رکھ دِتھ = نشانہٕ بنأوِتھ تھووُمت۔ سأری طألب علم أسی تس کُن وُچھان۔ عرفان اوس برٛؤنٹھمِس رووس منٛز مگر مختار احمد اوس نہٕ تس ہِتی بہتھ۔ ماسٹر جی ین ترٛأو گوڈ نکہِ روٕ پیٹھ کُن نظر تہٕ وُچھن مختار لیس سُہ ٹاٹھنیارٕ سان موٚختہٕ ونان اوس پتٔی مِس رووس منٛز ربؤدٕ ہیوٚ۔ ماسٹر جی لوٚگ سوٗنچنہِ خبر گو کیٛاہ تیٚمِس موٚختس یے پرٛایہِ منٛز بڑٕ اصل اوس بڑٕ خوش روزان اوس یہِ کیٛازِ ووٚنی زن تہِ ڈِیان باسان۔ پرٛایہِ منٛز پتھ پتھ زن گرٛھان ۔برٛونٹھہٕ کنہِ بہنہٕ بجایہِ پتھ کُن بہان خأر موٚختن خیال أتی نہٕ

ترٛ اٰوِتھ لۆگ ماسٹر جی وۄنی بورڈس کُن وُچھنہِ دپھ عرفان اوس موختس کُن وُچھان تہٕ تس اشارٕ ہاوان زِ وولہٕ مےٚ نِش بہہ تہِ کیٛاز زِ پرس ینہٕ نۆمہِ جمائ ژمنز ایڈمشن ہتھ یم یتھ سکولس منٛز آیہِ ہتنہٕ چھِ یم زیادٕ پہن یکجا بہان۔ گندان درو کان تہٕ منٛزی اکھ اَکس مذاق کران تہٕ ییٚلہِ مختار کنہِ کانٛہہ جان کتھا یا کُنہِ سوالس صحیح جواب دِوان چھُ عرفان چھُس وَنان موختہٕ چھُ بڈٕ پوٚختہٕ تہٕ وۄنی زن تہٕ چھ پورٕ سکولس منٛز موختس ساری بڈِ پوٚختہٕ وٕنِتھ مکھولہٕ ہن کران۔ دپھ پتٕمی رٕتھ جوراہ گیہِ موختس عرفانس نِش تہِ دۄر دۄر۔ سُہ چھُ کلاسس منٛز تہِ ربوٕ دِ ہیوٚ آسان۔ رِسس دوران تہِ گُنے زۄن بہان۔ تسنٛز وردی تہِ چھنہٕ وۄنی چمکان آسان تہٕ بتھ تہِ چھُ دِیان باسان۔ ماسٹر جین وۄن بڈِ ہٹہِ بلیک بورڈس پیٹھ بنٲوی ہتس = نشانس گُن اشارٕ کران۔

وُچھو سایہِ نشانہٕ یتھ توٚہر = وَنان چھو یتھ أسی اِکویشن مارک وَنان چھِ یہِ مائی تون توٚہی ترٛ کرِ ہنٛز ڈنڈ۔ پرٛ ہتھ ترٛ کرِ چھِ زِ پوتر آسان تہٕ ڈٕنڈ چھےٚ تیٚلہِ برابر روزان ییٚلہِ دۄشوے

پوتری ہم وزن آسن۔مثال اگر اکہِ طرفہِ 2+5 آسہ ڈٔنڈ برابر کرنہٕ خاطرٕ چھ دۆیمہِ طرفہِ تہِ تِتھے وزن ضروری ووٚنی گوٚ پر مانہٕ ہیکن بدل تہِ اٚستھ مثالے 5+2= 3+2+2

ماسٹر جی اوس تژ کرڈنچہِ ہنٛز مثال وہٕچھناوان تہٕ موٚختہٕ گو غوٗطن لتس پیوٚ وپٹن گرٕ تہٕ اتیگ از کلک ماحول یادسانہِ گرٕ چہٕ تژ کرِ چھے ڈٔنڈ ڈٕجمٕژ۔تہِ نَے آسہِ ہے ممی تہٕ پاپہٕ ما آسہن دوہے ہر کران ووٚنی گوحدٕ ے۔پاپن ٹُل ممی پٹھ اتھہٕ تھا پیر لگاوٚنس تہٕ سوٗژج مالٔین۔پاپہٕ چھُ اٚندری وزان مگر ممی گونہٕ نادس۔مےٚ دپیوٚس بہٕ گرٕ ژھس نظر دنہِ دوٚ پنم گرٕ شہ ژٕ تہِ توٚ ری دَفا۔ممی اٚس مےٚ ہفتس منٛز دوٚیہِ پھرِ وردیٚ چھلان۔ہوم ورک واجنٛن کاپین نظر دِوان۔صبحٔ ے سکول نیرنہٕ برٛ وٚنہہ کینٛژھا میوٚٹھ کھیاوٕ ناوان۔واپس تِتھ نالہِ متہِ رٹان تہٕ سوٗرے زن گوختم ڈٔنڈے ڈٔج سانہِ گرٕ چہِ تژ کرِ۔

مختار اوس اٚتھی کُنہس زِ ماسٹرِ جین موکلوو کلاس تہٕ رِسس باپتھ درایہِ سأری دوان دوران گراؤنڈس منٛز۔کینٛہہ اٚسی فٹ

بال گنڈان ،کورِ آسہٕ الگ کُن سرٕ لنگس گنڈان مگر مختار اوس امہٕ
سارے نِشہِ لاتعلق أکس اندس کُن سونچان زِ تہٕندِ گرِ چ ڈ نڈ
کتھہٕ کُنی پیٖیہٕ برابر۔عرفانس تہٕ اوس نہٕ تس ورأے دل لگان تہٕ
گراونڈس طرفس کُن نظر تُلِتھ اوس سُہ تٔسی ژھانڈان تمٔی
وُچھ دوٗراکہِ طرفہٕ موٗختہٕ مایوس بہتھ سُہ آو تٔسی کُن ۔موٗختہٕ اوس
کلس کُن مُدے گنٛڈِتھ یِیتھٕ اکھ ژٕ رتہٕ کانٛژٕ بہتھ گرا پکھن
واش کڈان أسی گرا اکھ أکس ہتی توٗنت رلاوان أسی۔اما
میأنی ممی تہٕ پاپہٕ بہنہٕ أمس ژرِتہٕ کانٛژٕ ہندی پأٹھی بیٖیہٕ یکجا
زانہہ۔ ہرگاہ تہٕ سپٕد سانہِ گرِچ ترٕ کر گرٕ شہِ بیٖیہٕ سیٚد۔عرفانن دِژ
تس شانن وارِ وارِ ژٕ نڈ ہیٚو موختا پوختا ژ ٕکہو ژرٕ بن ہُند تماشہِ
وُچھان۔ژےٚ کہو گوٚے۔میتھ سرتہِ ہا اوس مےٚ پرٕ ژھان ژٕ
کیٛازِ چھکھ ازکل رووُمت ہیٚو۔عرفانی کتھ بوٗزِتھ وۄتھ مختارس
أچھو کنی اوٗش مگر تمٔی وۄن نہٕ کہنی۔نامیأنی درٕ ژےٚ چھے بہٕ ناونہٕ
کأنسہِ وُنو ژےٚ کیاہ دٔلیل چھے۔أخر وۄن موختن عرفانس پنُن
آزار زِ مألس ماجہِ زٕ وتہٕ گرٕ شنہٕ چھے تہٕندِ گرِ چ اِکویشن خراب

گۆمژ۔ عرفانن دیتنس دلاسہٕ زِ سوٗرُے گژھہِ ٹھیک۔ چھٹی وِزِ گو
عرفان سیٹھۍ دُے میتھ سرس نِش تہٕ وۄنُن تس موختن آزار ماسٹر
جیس گو یہِ بوٗزِتھ بڈ افسوس تہٕ تمی دوہہ شامس سمکھیو وسہٕ مختار
احمدنس مأژس۔ سُہ سمجھووُن زِ مأژس ماجہِ خأطرٕ چھِ اولاد
آسان سارِوے کھوتہٕ بڈ دولت تہٕ تہٕ ذمہٕ دأری تہِ۔ توہہِ
چھنو خو داین یأری گرٕمژ۔ مختار احمد ہیوٚ اولاد چھُنو دیُتمت یُس
پرٕ تھ حسابہٕ پوٗختہٕ مگر ژِ ے چھکھ خام توہہِ دون بأژن ہنزِ لڑایہِ
ہتی چھُن یہِ موختہٕ ضایہِ گژھن ہیوٚ تمُت۔ جان گو خاندارِنی
مناوٕنی تہٕ موختہٕ نہٕ ہایہِ ضایہِ کرُن۔

ماسٹر جی ینٛز نصیحت گیہِ مختار احمدنس مأژس زن ترِٕتھ۔ پگاہ
دوریوو سُہ صبحأے آشنہِ ہُنْد مالِیُن تہٕ صلح صفأیی کرِٕتھ أنِن سو
واپس۔

شامس تیتھے موختار احمد مدرسہٕ پیٹھہٕ گرٕ آو۔ گرِٕ کس
دروازس تل وُچھی تمۍ ممی استادتس پرٕاران۔ تمۍ رٕٹ سو نالہٕ متہٕ۔
پگاہ اوس مدرسہٕ شرٕ بن منز موختہٕ بیٚیہِ پرٕأنی پأٹھی اسان وسان تہنٛز

وردی تہِ اَس گاہ ترٛ اوان۔ تٔمؠ تِتھے عرفان وُچھ تہٕ روٗٹُن نالہٕ متہِ۔ عرفان پزٕی چھُکھ ژٕ مےٚ پوٚختہٕ یارمےٚ ووٗن ممی سورُے کتھہٕ گٔژھ سمجھووچأنِس ؤنس پیٹھ ماسٹر جین پاپہٕ تہٕ سُہ گوتہٕ اَنِن مٔمی۔ عرفان ووٗتھُس بہٕ کتہِ دِمہٕ ہا چانِہن گرٕکِہن پنِن موٚختہٕ یار پوٚختہٕ اَسِتھ خام بناونہٕ۔ دوٚشوٕ یوکوٚ ربیٚہِ چرٕ نالہٕ موٚت۔






ناو : مشتاق احمد تانترے قلمی ناو : مشتاق احمد مشتاق

زاجاے : ژورِ مُجر بیرو تعلیم : ایم اے

مصروفیت : سرکاری مُلازِم

ڈپٹی ڈائریکٹر نیوزٕ، ریڈیو کشمیر سرینگر

پتہ : مکان نمبر 321 سیکٹر 1B بمنہ کالونی سرینگر


## تصنیفات:

"یتھ واوِ ہالے" (افسانہٕ سومبرٕن 1997)

"آکھ" (افسانہٕ سومبرٕن 2012)

ساہتہ اکاڈمی ایوارڈ 2018

ریاستی اکاڈمی ایوارڈ 2014

فریادِ خاموش : شعرٕ سومبرٕن ایڈٹ

کونہٕ کٕنٛز افسانہٕ : ایڈٹ

کاشُر افسانہٕ فکر و اظہار : زیرِ ترتیب